# شیرازہ

جلد ۲۱ • طنز و مزاح نمبر • شمارہ ۵

نگران و مدیر اعلیٰ



محمد یوسف ٹینگ

ایڈیٹر

چمن لال چمن

اسسٹنٹ ایڈیٹر

بشیر اختر

جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر

۱۹۸۴

پبلشر : سیکریٹری جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ
کلچر اینڈ لینگویجز ۔ سرینگر
چھاپ خانہ : فوٹو لیتھو ورکس سیتاپوری، دہلی
کتابت : محمد یوسف مسکین ۔ جی، حسن

•

ٹائیٹل کور
بھوشن کول

•

شیٖرازس مُتلِق خطہٕ پترٕ سوزنُک پتہٕ
چمن لال چمن
ایڈیٹر کأشُر شیٖرازٕ
جموں و کشمیر کلچرل اکیڈیمی لال منڈی
سرینٛگر

•




اکیڈمی سلور جوبلی سیمینار سری نگر۔ دوسن محفل ہندی الوان صدر (ہیر کٹ ڈپٹی) دا جیسنی شرما ۔ اُستاد خالق جو۔ قیصر قلندر۔ پی این پشپ۔ کرپال سنگھ۔ غلام نبی ڈولوال۔ (دیپ ڈپٹی) ایم ایل کیمو۔ دینا ناتھ نادم۔ آر ایل شانت۔ نثار عزیز۔ ایم ایل مراق۔ گیان چند شرما۔





اکیڈمی ہند گوڈنیک رایٹرز کیمپ سری نگر ۔ (۱۹۸۴) ۔ شریک اُسی (بیہتھ رُچھنی) مدن موہن شرما ۔ ناشی رنگیب س ۔ جی ایس گلشن ۔ حکیم منظور ۔
ہردے کول بھارتی ۔ امین کامل ۔ شبھاش بھارد واج ۔ (وود نی) پرتپال سنگھ بیتاب ۔ موہن نرانش ۔ غلام نبی گوہر ۔ خالد حُسین نہ (سٹانکی ممبر) رسول پونپر ۔ چمن لال چمن

# فہرست

# گوڈکتھ

کأشرِس اَدبس منز چھُ کھُلہٕ ڈٲلہٕ پٲٹھۍ اَسنگ بیمہٕ وارِیاہ کال گژھِتھ بوان، مگر کأشرِ زبأنۍ منز چھُ اَسن کھنٛگالہٕ پٔرہِتھ کوٚنس تہٕ کوٗبجِس تہٕ پرٛہِتھ موسم تہٕ ماحولس منز موجود اوسمُت۔ ہرگاہ کأشِرِ اَتھ منز شک آسہٕ سُہ وُچھتن سأنِس لوٗکہٕ ٹھیٹھر بانڈہٕ پٲتھرس کُن۔ اَمہٕ پٲتھرُک آکارے چھُ اَسہٕ سیٚٹھہٕ لسان۔ یہِ اوس کأشرِس فنکارُنٛد حُسنِ ظرافتٕے۔ یِمو پنٛنہٕ نس پنٛنہٕ نِس گدرنس تہٕ پٲتھرچہِ کامیدٹی ہُنٛد رحمت پأرود۔ نہٕ گوٚنہٕ زِنتس کیاہ اوس نہٕ راوَن تشوٗلؔ، اَلبتہٕ گو یہِ زِنس اَس سعہ انسأنۍ شان (Human Dignity) تہٕ سُہ خوبصورت صبرٕ Poise زِ سُہ اوس نہٕ باکہ دِوان۔ بلکہ اوس اسہٕ کیس پرٛدس منز پنٛنہٕ نین چھوکُن ژھِسے دِوان۔ نس اوس پَناہ زِ اَسِن چھُ جلوتس منز زیب دِوان مگر وُدُن چھےٚ اَکھ نِجی تہٕ ذأتی عمل یوسہٕ خلوتس منز من شروٗژٕ راوان چھےٚ مگر جلوتس منز چھےٚ اَپیر باسان۔ ہرگاہے تس نہٕ مرکس یکس مُسخرٕ سِنٛدی پٲٹھۍ سٹیجہٕ نِشہِ دوٗر پٔژھ ہتو کأرہتو، اَدِ باسِہ ہے اَمہٕ نِشِ زِ سعہ ڈگ یوسہٕ تس للہٕ وِنۍ اَس۔ مزاحُک یہِ طرز تہٕ طریقہ چھُ سأنِس لڈی شاہس نِش تہٕ موجود تہٕ سانین محاورن بیتِرِ منز تہٕ ژھِسہٕ ژھور کران۔ مثلن یِنہٕ توکھ ڈپۍ — کھمہٕ ہے گرٛٹہٕ کھمان گٔنہٕ۔ خدایہٕ شہر کھٔرتہٕ نأیدٕ شہر ژہچھ — شالس لوٗٹھ زیٛوٹھ تہٕ بالس ژلیاٗ نیرِ۔ سانین لوٗکہٕ باتن منز چھُن ییمہٕ تراپہٕ کاڈ کوڈمُت:

مہارازٕ پیکان دوسہٕ تلہٕ وسہٕ تلہٕ     چھوسہٕ تلہٕ وُچھنوس کھٔرماچھِس

•

یِژمن بأیی نمناہ ذروِے     ڈولہٕ منز اوپے پھاڑون واد
(وَنہٕ وُن)

سون تحریری اَدب تہٕ چھُنہٕ اَمہِ ترایہٕ نِشہٕ مُچھُنہٕ۔ ہرگاہ اَسہِ مرزا غالبنہٕ سِنٛزٕ رُباعی حسین ظرافتُک مانے مانون ع

اے آنکہ براہِ کعبہ روئے داری
دانم کہ گزیدہ آرزوے داری
اینقدر تیز روی ہ مے دانم
درخانہ زن ستیزہ خوئے داری

تیٚلہِ چھُ للہِ ہٕشدِن ہیمَن واکھَن منٛز تہٕ وُچھٕ کھجارُک نیب دستیاب ع

کینٛژَن رٕنی چھے شیہج لوٗنی          نیرَو نہبر شُہُل کرَو
کینٛژَن رٕنی چھے برٕ بیچھٕ ہوٗنی          نیرَو نہبر تہٕ زنگ کھیٚیو
کینٛژَن رٕنی چھے اَدل تہٕ وَدل          کینٛژَن رٕنی چھے زَدل ژھے

للہِ ہٕشدِس کلامس منٛز چھےٚ اَمہِ ترایہ تہٕ اَمہِ آیہ ہٕنٛزٕ واریاہ زٕتیہ موجود۔ شیخ العالمؒ چھُ مُلَن ہٕنٛزِ طنزٕ کہِ قمچہٕ سِتہٕ وُتل والان تہٕ تہِنٛزٕ ظاہرداری بیچھٕ تھٕ ٹُسنہٕ تہٕ ٹیچھ ژٕمان زٕ وُچھن چھُ کھجار سپدان ع

مُلَن کوٗتُس تہٕ کوسم نالی
کرِژھ تیلہٕ بیچھ ٹُنٹھٕ ئی ہیچھ

پتہٕ چھےٚ یہ ترایہ مقبوٗل کرالہٕ وارٕ ہٕشدِس " گریسہِ نامس تہٕ پیرنامس منٛز باقاعدٕ ژھتان پوٚھتان تہٕ اَکہ باضابطہٕ صِنف بنان۔ عبدالاحد نازمَن تہٕ حکیم حبیب اللہ مَن لیکھو چھُرا مزاحکو کیٚنٛہہ شاندار نموٗنہٕ۔ تہٕ یوٗزوَے عبدالاحد نادم ہُنٛد شہرآشوب ع تیٚلہِ اوس ننٛہ کٕفارَن عار —— تہٕ چھُ اَکہِ زیرِ تبسم کہِ زیر و بمہٕ سِتہٕ کھُلان۔ اَزٕ کِس دورُس منٛز تہٕ چھِ طنز تہٕ مزاح لیکھن والی واریاہ کُل وقتی شاعر تہٕ اَدیب موجود ییٚمن منٛز مکھن لال محو، ظریف احمد، ایوب صابر، پرواز رتن پوٗری تہٕ بیٚیہ واریاہ دوست

نُمایاں چھِ۔ یِم اُدیب سنجیدٕ اُدب لیکھان چھِ تِمن منٛز تہٕ چھےٚ لطیف مزاح ژرامےٚ تہٕ ژٔٹےٚ موجوٗد۔ میر غلام رسول نازکی۔ میرزا عارف۔ محمد امین کامل۔ رحمان راہی۔ نواز رتن پوری محمد احسن احسن۔ اختر محی الدین۔ پُشکر بھان۔ مُظفر عازم۔ ہردے کول بھارتی بشیر اختر محمد زمان آزردہ تہٕ بیٚیہِ کینٛہہ واریاہن شاعرن تہٕ نثر نگارن نِش چھےٚ یقیناً مزاحیہ تہٕ طنزیہ شاہ پارن ہنز کانٛہہ کمی۔ یہ لہجہ اوس مہجوٗرن "آزادی" تہٕ "گُلِ لالو" تہٕ آزادن "بہٕ نوزن عشقہٕ بیمارٕ ی" ہِشن نظمن منٛز۔ دوٚن نٮ۪ومُت مگر اَتھ پٮ۪ٹھ درٕ تھ نزاکت تہٕ لطافت عطا کرنک بوش چھُ سانٮ۪ن ہم عصر ادیبن حاصل۔ اَمیُک اِظہار چھُ تِتھہ گوٚنٛرِ تُمٕ اَسنس زَنمہٕ دِوان، یُس فرشتن تہٕ بصیرت عطا کران چھُ۔

> یہٕ چھِو اَکھ وعظِ مجلس اَیُّھا النّاس
> گرِکو ناساز چھِم بیمار چھِم ماس
> دٔھقو کانٛہہ آتہٕ اَکتُھی کرٕو جمع
> پٔرِو نوٗہی کلمہ ساساہ اُسی کرٕو ناس

(میر غلام رسول نازکی)

> دوہ ہلہٕ آسیس گومُت سُہ رٮ۪جن ژ٘اڈرٕتھ
> دوہ تہ کُنی زٕٔنی پٮ۪ری چھےٚ کاراے

●

> ڈٔپان چھُ رادتھ کیٛٹ پادر سیٛہس کھسیتھ آسان
> وُچھُم مٮ۪کےٚ دوہلہٕ وُچھُم بےٚ ہُنر تہٕ گرٕ چالاک

(امین کامل)

بہرکیف یہٕ کتھ ہیکوٚ دوہ نٕی ٹاکارٕ پٲٹھۍ وٮ۪نتھ زِ کٲشرس منٛز چھُ طنز تہٕ مزاح اَکھ بیوٚن تہٕ نوٚن صنف بنیومُت۔ کٲشر اَدبچ یہ ژھ سو مبرن شایع کرٕنۍ چھُ کلچرل اکیڈمی

ہِنٛدُک کارنامہٕ۔ "کٲشرِ اَسن تراۓ" ناوچ یہِ سومبرن اُس محمد امین کامِلَن ترتیب دِژمٕژ تہٕ یہِ چھپٕنۍ آمٕژ ذاتہٕ ہٕنٛدِ اَدٕبیچ گوڈنیچ مِثالہٕ پیٹھ۔ دٔپان ساتہٕ یونیورسٹی ہِنٛد کوٗشرِ شعبہ تہٕ چھُ اَمہٕ قسمٕچ اَکھ کتاب تیار کرناوان۔ بہرکیف، شاید اوس سُہ سیمِنار کٲشرِس اَدبس منٛز گوڈنیُک یُتھ دَسلابہٕ۔ یُس کلچرل اکیڈمی کٲشرِس شعبس سیٖتھۍ اَکھ واس کرٕتھ پٔرِس کوٚر۔ اَتھ سیمِنارس منٛز آیہٕ نہٕ صرف کٲشرِس مزاحی تہٕ طنزی اَدبس پیٹھ مقالہ پرنہٕ بلکہ آیہٕ کینٛژَن اہم کٲشرِ ہن ادیبن اَتھ مزاحیہ ایسے پرناونہٕ۔ اَمہٕ ساری سیمِنارٕک ایسے چھِ اُسہٕ یِتھ نمبرس منٛز پرن والیٚن برٛونٛہہ کنہِ تھوان۔ اَمہٕ علاوہ چھِ بیٚیہ کینٛژن مزاحی اَدب لیکھن والیٚن ہٕنٛدۍ تخلیق بیترِ تہٕ شایع کرنہٕ آمتۍ۔ اَسہِ چھےٚ پٔرِدہ تہٕ شُمار پیٚیہ دلچسپی ساں پرنہٕ۔ شیرازٕکۍ واریاہ نمبر چھِ مستقل اَدبی دستاویز بنیمتۍ تہٕ وۄمید چھےٚ زِ یِتھ تہٕ کھسہِ سُے بوش۔ واریاہن زبانن منٛز چھِ مزاحی اَدبس پیٹھ اَلگ رسالہٕ چھپان۔ انگریزی یَس منٛز چھُ "پنچ" اَکھ ہِتھ وَرہیہ کھۄتہٕ زیادٕ وقتہٕ پیٹھ یُتھ اخبار نیران۔ اُردوٗ ہَس منٛز اوس رسالہ "اودھ پنچ" پَتِمس شتکس منٛز چھپان تہٕ اَز تہٕ چھِ "نمکدان" تہٕ "شگوفہٕ" ہیوۍ رسالہ نیران۔ اَسہِ ہَرگاہ نہٕ تیوٗت بتھر چھِ توتہٕ پیٚیہ مزاحی اَدبیچ کل ہٕنا گٕنٛزراونۍ۔ وۄمید چھےٚ زِ یِتھ نمبر سیٖتۍ پھیرِ اَتھ پُرتکلُف اَدبی صِنفہ کُن زیادٕ مال۔

محمد یوسف ٹینگ

(مدیرِ اعلیٰ)

اختر محی الدین

# نوژھونڈ

نتہٕ کنھہٕ وَنہٕ وُن اسِسے۔ ییٚس اِنسانَس بُنھِس وۄشلُن کھسان آسہٕ، یا یمھتھی یسے بیٚمارِیہ کُنہٕ دأنِجہ دأدِس منٛز مُبتلا آسہٕ، تَس پیٚٹھ گٔوہ ڈٔرے ہأیہِ منٛز نیرُن۔ نتہٕ اگر بوزنہٕ خأطرٕ مجبوٗر آسہٕ، نٔبٹلہِ پیٚٹھ یس گرٕ دأنہٕ پھٹے روٗہٕہٕ زِ یوٗٹھ اکھ جُمجہٕ نابد فھوس تلہٕ کھیوٗن، خدا صأب کرہٕ یس خأر۔

---

[١] یہٕ اسِسے آد پرٛوس کلچرل اکیڈیمی تہٕ کشمیر یونیورسٹی ہنٛدِ کٲشُرِ ڈیپارٹمنٹکہِ طرفہٕ منعقد کرنہٕ آمتِس اکِس سیمنارس منٛز پرنہٕ۔

"نوٗ ژھوٗنڈ" چھےٚ اَکھ ذیٚہنی بیمارٕی، یتھ انگریزی پاٹھۍ ریسٹرچ وَنان چھِ۔ یہِ چھےٚ ہوٚمِس منٛز اَکھ وابرس آسان، یتھ سیتۍ یِہ بیمارۍ لگان چھےٚ۔ وُچھنس منٛز چھُ آمُت زِ یہِ چھےٚ عموٗمن تِمن اِنسانن پیٹھ حملہ کران ییمن کاٛشرۍ پاٹھۍ کوٗ کاٹلی وَنان چھِ۔ یہِ آس نہٕ کشیرِ منٛز مگر ییٚنہٕ اَسہِ سکیب کیوٗمہ ژٕ نٛٹین ٹیٛچ نزاوِنہٕ یور آوٕن۔ تِمہ برٛونٛہہ پہن کیوٗژ کال چھُ یہِ وابرس تہٕ یور وٲتِتھ پیوٗمُت۔

اَتھ بیمارِ چھِ مختلف سٹیج۔ گوڈٕکس سٹیجس پیٹھ چھِ بیمارس پٔزِ پٔتھ کیٛتہ پیٹھ شک بڑان۔ یہِ شکہٕ بیمارۍ چھےٚ تیٚز شدید آسان زِ بیمار چھُ حالے پیٚشہ ییٚن وجوٗدس نام شکہٕ چۆ نظرو وُچھان۔ یہِ چھُ صِرف اکاٛے کٔتھ وَران آسان۔ "مےٚ چھُ پزٕر پتہٕ زانُن" حکیمو چھُ ووٗنمُت، سارۍ ہیٚۓ ہیٚۓ علاج چھُ۔ شکہٕ بیمارِ چھُنہٕ کانٛہہ علاج۔

دوٚیِم سٹیج چھُ ییٚلہِ بیمار تیٚچھُن چھُ ہیوان۔ اگر اَمِس خدایہ سٕندِ طرفہٕ کُھر آسہِ ودیعت سپٕزِ منٛز یِہ چھُنہٕ عام کُھر کِنہ کِر پاٹھۍ ناوِ دِ سپٕنیٚز ترٛیِہ کیٛنہہ پٔراران بلکہ پانےٚ نمو سیتۍ تیٚچھان۔ تیٚچھان تیٚچھان چھُ یہِ کُنہٕ تلتہٕ میٖلس ریتھ وَلان تہٕ آخرس کھاپہِ پیٹھ واتان۔ اگر نہٕ کُھر آسِس ییٚلہِ چھُ یہِ کھوٚرِ تیٚچھان۔ تہٕ امہِ عملہ سیتۍ یوسہٕ کانٛہہ گنیاہ کنتراہ زمینہٕ تلہٕ نیران چھےٚ، تِتھ چھُ خزانہٕ زانِتھ وٲتِتھ کران تہٕ ژینہٕ پھٔلین تاوِیز بناوِتھ تھاوان۔ ترٛیِم سٹیج گوٚ

یِٹلہٕ بیمار ٹرِیتھ کأنِسہٕ بیقل زأنِتھ وُچھ گمٕناوان چھُ تہٕ اُندری پانسُن وَنان چھُ "یتھ بہٕ آنکار کرِتھ یوت چھُ پوٗز۔ یتھ بہٕ نکار کرٕ تتھ ہیٚکِنہٕ خدا حساب تہٕ ہُنر زأنتھ" —— یہٕ چھُ بیمار ہُنٛد آخری سٹیج۔

دۄیان گوہ ڈٲنیتھے گیہٕ یہٕ بیمأری ہُیُر پیٚس منز نۄ مُودار۔ بڑٕ صاحب تارٕ اسہ یمن ریش تہٕ زیوٕکھ اوس ہُنس تہٕ۔ اَکِس اوس ناو چارلس۔ دۄیمِس سِگمنڈ تہٕ ترییمِس کارل۔ یمہ اسہ ترِیشوے بلۍ تہٕ آمہ کینہ اوسکھ ترأری سینٛدی یأتھو گاشٕنس منز تہٕ بوزنہٕ یوان تہٕ گنٕٹس منز تہٕ۔ دۄہا اکہ اسہ یم اَکِس ترٲینس مکانَس منز ڈالانس پیٹھ بہتھ سون کِچھ ہُمہِ کتھاہ کتھاہ کران تہٕ اُتھی منز سیٚد چارلس صاحبس پیٹھ نوٚزھونڈ بیمارِ ہُنٛد حملہٕ۔ اَچھن لۄجِس زۄن تہٕ مُدے گنڈِتھ چھُ کرٕ بکہٕ دِوان۔ "چھو ساہہ ہے وُچھان؟"

دۄیان یہٕ بوٗزِتھ بچر سِگمنڈ صاحبن تہٕ کارل صاحبن تہٕ اُتھی طرفس کُن اَچھ تہٕ چونکہ یمن تہٕ اوس امہ بیمارأمی ساتہٕ نال وۄلمُت، یمن پیٹھہٕ وقتکی سخ پردِ ژٕاٹھتھ پتھہ کالس کُن نظر۔ یمو وُچھ مول موج، یمن یینہٕ کتہ "یہٕ چِھ بب"، یمن یینہٕ کتہ "بڑٕ نانی"، "بڑٕ بُڈی بب"، یمن ییتہٕ کینہ جدٕ تہٕ یمن ییتہٕ کتہ "بڑٕ جد تہٕ امی تنٕز ہنٛدس اخرس پیٹھ وِیراھٕ ہِش اِہنٛز جورباہ مالایأنی کران۔

چارلس صاحبن وۄن: "ہیون جدِ بزرگوار ہسأ چھُ پوٗنٛز۔ اوسمُت، تہٕ ہے پرٕ امی ہسے پُزا کرٕنی۔"

سِگمنڈ صاحبن دۄپُس: "خامکارا، اہمیت نا چھنہٕ ہُنٛزِ بس، اہمیت ہا چھِنے مالایأنی۔ دَپ اسہ چھنے امی مالایأنی ہُنٛز خمبیت یہٕ پیٚر نیچہ ناونی۔"

کارل صاحبن وۄنہٕ تکھ: "بکواس، اہم کتھ چھنے یہٕ زِ امو ویراھٕ ہُنٛزِ کیاہ اوس کھبومُت۔ مسلہٕ چھُ یُڈٕ ہُنٛد۔ یڈ وَے یہٕ وۄرِنہٕ کھیوان اوس تیٚلہٕ اوس بورجوا، تتہٕ اگر بٔریہ کھیوان اوس۔ تیٚلہٕ اوس پرولتأری۔"

کتھ زیٹھے یہٕ تیٚش زِ یم دۄشے زِ ژٕلے زٕنی ترٛییو وُتو تہٕ یتہٕ سمکھنہٕ زٕانہٕ۔

دپان اَمی دوہہ یمہٕ کوٚ یوٗرپس منٛز یہِ وابرس عام تہٕ بیمارٕ پٕرأو وبأیی صوٗرت ییٚلہِ کلایوٚ ہندوستان آو دپان سہٕ اوس ملہٕ تلہٕ تبٕردار۔ تمی ییٚلہِ کٔنہٕ موغلٕ وُچھ تتہِ ژھنٛنٕ سہٕ زٕرٹٕہٕ منٛہٕ کٕ پاٹھی پھالوٚتھ تہٕ ییٚلہِ تیوٚ تس سوٗ یہٕ پُٔند زیٚن اَتھہِ موٗر یتھ۔ دپان کلایوٚ تنبردار سِندٕ لو ییمہِ یہِ پٕر ٹاسو وانتاٚوی اورنگ زیب محی الدین سِندی اولاد زچوٚ زیٚن لأگتھ ہچھوٚ پن گرٕ پُن کھسنس۔ اَمہِ اوسنہٕ اَتھ سیٚتو دادٕ مامِلہِ کینژھہ مگر دپان اَمہِ ندری وَقتہٕ ہسأ آیہ کینژھہ یوٚرپی کوٚ ٹلی ہندوستان تہٕ ییٚتہِ پھالاوِتھ نوٚ ژھوٚ نڈ بیمأری۔ بیمأری ییٚلہِ پھالان گٔیہ اَمہِ ژٕ زِ عظیم ہندوستأنی پیٚنہٕ تس نرغس منٛز۔ اَکھ گیو علامہ اقبال تہٕ دوٚیم پنڈت جواہر لال نہرو۔

دوشوے اَکہِ ناوٕ حضرت اقبالن شأیری اَتی تہٕ بیوٚٹھ پنٕنہٕ ذات بُترأتھ ژھانٛڈنہٕ۔ شکر زِ چارلس صحبہٕ سِنٛز پاٹھ گییس نہٕ۔ تاہم دوت یتھ پنٛجس زیٖرہ ہسأ چھس زِ کہِ برہمن کوٹ تہٕ گونر جیمم سپرو۔ دوٚپُن سپروٚ ہسأ اُس اَمہِ رہرٕ ٹکیاز کٔشیر ہندو یمو برہمنو اسلام قبوٗل کرنہٕ برو نتھے اسلأمی تہذیب قبوٗل کوٚرٕ رتمن ہسأ آیہِ رہرٕ کڈنہٕ۔ کأنٛسرو پاٹھی ہسأ گو "سو پیر" غلط کتابہٕ پرن دول وِنَ والین ہُند گُف چھُ زِ حضرت اقبالس دوٚن وار یا ہو لوکو۔ "اسے رحمتہٕ والہ شأیر کشیر منز حضرت چھُ شیخ تس مسلمانس وَنان یُس ہیٚندین منز وُسہتہ دأنہٕ منز اوس۔ یتھے کِنو یتھ کنو صوفی کاندرس تہٕ گنے پنٛجس وَنان چھِ۔" مگر سہٕ کوٚ ہند مانہٕ ہا، سہٕ لوگ پنٕنہٕ برہمن زادگی نوٚنہٕ کٔڈتھ تہٕ لو ہو رکین نٹھن پیٹھ گیوٚنہٕ۔

یُدوے اَمس شیخہٕ مسلمانس تہٕ شیخہٕ بتہٕ جواہر لعلس پانہٕ وأنی بأرٕ اُس تہٕ اَکھ اَکس نش پیوان گرٕھان اُسو مگر اَندری اوشکہ اَکھ اَکی پُنٛد اَزروٚ وُن تہٕ۔ اَزروٚ وُنتک وجہ اوس یہِ زِ یم اُسو دوشوے کأنٛسرو تہٕ کأمنزین چھینہٕ اَزروٚ وُنہٕ ورائے بیٚیہِ کینہہ رِشتہٕ اَکھ اَکس سیٚتو زانہہ اوسمُت۔ یتھے حضرت اقبالن

پَننہٕ بٔرہمناہٕ زہیٚنٛدۍ نغمہٕ گیوٚنۍ ہیٚنٛتھ، جوٲہر لعلن دوٚپ پانو پیٚٹھہٕ ہاگو کُھ۔ تِمو تہٕ ہیوٚت پَننہٕ نِس پیٚٹھہٕ کالِس نوٚ ژھوٚنڈ دِتھ کُھر کُشُن۔ رَتھ اُنتھ دوت پیٚٹھہٕ نٔتیجس پیٚٹھ زمیون جِدہٕ بُڈۍ بَب ہسا اوٚن فرخ سیر موغل پادشاہَن "بُتھ بُتھ" کرِتھ کشیرِ پیٚٹھہٕ تہٕ روٚچھُن دِلہٕ ہیٚنٛدِس نَہرِ بُٹھِس پیٚٹھ۔ دٔپُن، اوے ہسا وونکھ اَسہٕ نہرو۔ اَمِس تہٕ وَنیوو سٕٹھاہ۔ "نٔہرو مہرا چھوہٕ یِنہٕ اَتی نارِ کی گامہٕ بَنِتھ تہٕ اوے چھو یہٕ کرام۔" مگر حضرا اقبالن مانیووہٕ کاٗشنیہ ہُنٛد زِ یہٕ مانہٕ ہا۔ یہٕ ہیٚے گیوٚو تِموٚ مَنٛز یِم ہِنٛزِ بہٕ تہٕ ٹھوکرس ژٔلراوان اَسی۔ تہٕ بیٚیہٕ پانہٕ پینڈت جی۔ ٹھوکرِ شنٛز چھِکنہٕ کیٚنٛھہ اَمہٕ وُچھہٕ انگریزس وانے، حالانکہ سُہ گوٚ شیطانس تہٕ پووا کھسو بٕنے۔

چھیکرس ووت یہٕ وایرس کشیرِ تہٕ یٔنیٚنک معندل آبہٕ ہوا آس راس۔ اوٚہ نام اَسی یِنیکو لوٗکھ کنھاہ بوزان، بوٗزِتھ یاد تھاوان تہٕ پرٛھاکران۔ یٔتہٕ وٕتہٕ اوسکھ بوٗزمُت زِ دوہہٕ اَکہٕ ہسا آو کرہُن پوٚنٛز اہ ووٚٹھ تُلان تہٕ ووٚٹھ ووٚٹھ گو پھِرہِس تہِرِس کھسِتھ۔ اور وٲتِتھ کرِن زنگہٕ نہٕ اسمان کُن، نَل کٲس نہٕ بیٚٹھان تہٕ تَل یِدہِ لگِس نبس۔ نبَس سیٚتہٕ چھی لگہٕ بٕنے گیہٕ گگراے تہٕ ناہٕ چھکو نہٕ دزاے۔ یِمَن بنیوو اَکھ سِرِ یہِ تہٕ بیا کھ سوٗمہٕ۔

اَتھ کتھہٕ اَس تہٕ تَچھِہٕ کرہ نہٕ ضرور بٕنے۔ تِکیازِ یٔنیٚنہٕ اوس پرٛہیٚتھہٕ مجلسِ منٛز سِرکرِ یہٕ تہٕ سوٗمہٕ، نہٕ بارِ نۍ بِسان آسان۔ منٛز گیہٕ کرہ یکھ زِ بوٚن شہرِ کی مَنٛتی ہسا تیٚج دستارِ پھیٚنگرتہٕ لاگِن زٕٹ آسمان۔ زوٚنہٕ دِژ اَتھ تھِچھ تہٕ شِتھی کرِتھ نیوٚن موٚت پانس نیشہٕ۔ اَتھ پیٚٹھ ووٚتھ ہمنا منا قشہٕ۔ اَکی دِیو دوٚپ مِتس تہِسا اَس مانھر۔ تِمی ہسا بیٚیمہٕ سا تہٕ زٕٹ لاے آسمان۔ سُہ ہسا اوس تِمہٕ وَقتہٕ تہٕ پَران۔ "زوٚن موج زوٚنی اَنگن منٛزگن ژوسے تاجی۔ نِم کَس پَرزن راجس پَرزن۔" اَتھ مُقامس پیٚٹھ دٲنتھ ہسا نیو زوٚنہٕ دِیہ دِتھ پانس نیش۔ دوٚپنِ ڈرِی دوٚپ، ہنا یارِ یہٕ ہا اوس شوٗد، موٚت یہٕ کیٚنہہ۔ یہٕ ہسا اوس جِجیرِ دودیران تہٕ جِجیر اَس لگان نژنہٕ۔ ہار اَس بِہان بولنہٕ تہٕ طوطہٕ نوٗش وابنہٕ۔

دِپان زُوٚن ہمسایہ اٚسۍ سٕ آشنٕو۔ تس نہ اوس جگیر ہیندِس نژتس اعتراض تہٕ نہ طوطہٕ پیٚنٛدِس نوٚٹ وانیس۔ مگر ہارِ ہُنٛد بولُن اوسُس سعٕ نہٕ ہٕنٛد پامہٕ دوٚنر باسان۔ اٚتھو پیٚٹھ ہمسایٕ کرٕن شودٕس کمینو کہٕ ہاہوٕ تہٕ دوہ ہہ، اگر ہیبوت شودن نژلُن۔ زوینہ دژِس دستار لاٚٹس تھپیٚچھ تہٕ اور لمان شودٕ یور لمان زوٚن۔ شودٕ بچور پوٚش نہٕ کیٛتھہ، زوٚن گیٚس زوراوار تہٕ ہارِ لوٚگ بولُنس ٹھاک۔

دوہ نی یہ زِ تہٕ، لوٚک اٚسۍ پٔریٚتھ کانٛشیہ آنی آنی کران تہٕ سعٕ کٔھسان دوہہ دوہہ کڈان۔ اٚتھی منز آو سٹین صٔحب نادرٕ انگریز اہ پور۔ تسٕ اٚس توٚژھوٚنٛد بہوارکہ ژیمس درجس پیٚٹھ واژہ مرش۔ اَتہ سٹیجس پیٚٹھ چھُ بیمار وٕٹھ گمنادِتھ دِمان۔ "یتھ یہٕ انکار کرٕتی یوت چھُ پوٚز۔ یتھ یہٕ انکار کرٕ تتھ ہیٚکِنہ خدا صاحب تہٕ پزر اٚدِتھ۔"

سٹین صٔحبس ییٚلہٕ نہٕ کٔنہی اَتہ لوٚگ، اٚمی دِژ تھپیٚچھ "راج ترنگنی"۔ کلہن پنٛڈتن اٚس پننہِ پہٕ شارِ کتاب وجدس منز یتھ لیچھمژ۔ مگر سٹین صٔحب وٕنھٕس "ژِ چھکھ ساوناں یران دِشتھان ——— شُے ہے گوٚ پانٛدرینٛتھن تلنہ پٔران لفظُک "ر" تہٕ ژاونہ دالس برونٛہہ کنہٕ۔ وُچھتہ منز کیٛاہ ییہ —— اَتھ دِپان پھوناٹیک۔ کلہن مانہٕ ہانہ کیٛنٛہہ۔ مگر پھوناٹیک لفظن کلروو۔ دوٚپُن خبر چھاپہ کیٛاہ گو۔ یُتھنہ دوہ نی شوٹھس دِین ژِ پے زانکھ نہ کیٛتھہ تمی کرٕ کتاب سٹین صٔحبس حوالہٕ تہٕ پانہٕ ژوٚل۔ کتابہ کٔنٛ دوٚنُن: "اٚتھی دارٕ چھوٚنے، میانہ اٚچھ مہٕ وٕچھنے۔"

خبر دار" یہ نو ژھوٚٹہ وایرس چھُ وُنہٕ تہٕ ہوٚس منز نژان۔ یُس وُنہٕ تہٕ آمہ بیمارِ نشہٕ بچیتھ چھُ سُہ ژاٚدی زیوٚنتہٕ۔ اوتہٕ اوٚنمژِ رُخ تھٕہنٛدین اختر صاٚبس پہ بیمارٕ۔ زِ بچور ساٚری یہے واٚنشیہ اوس افسانہٕ نادِرٕ تجربہٕ لیکھان تہٕ شونٛتھ ہیوٚہ دوہہ کڈان۔ ہمگتہ منگہٕ روٚٹ آمہ بیمارٕ تہٕ لوٚگ کھور تیٚجھنہٕ۔ زمینہ تلہٕ ڈرٲے سَیز، ہمن کرٕن ناوِیزِ گنٛڈتہٕ ڈراو بازر بدل ژراوہ۔ ژانی کارو کرُس کیٛاہ زِ

مَنہٕ گرٕ ہیتہٕ کستر کھنجن متنو، مگر سُہ کوٚ ہشند مانہٕ ہا ——— اصلی نا بیمارٕ آدروو مُت۔ ہیوان دِوان روٚشُن یوٚہے سٹیشن صحب۔ نالس تھٲپھ دِتھ چھُس بُڈِتھ تہٕ بوٗلتھ وَنان۔ "ژٕ چھُکھ اہ میأنِس کلہن اُنڈنس پھوناٹیک وَنان۔ رٹو بوزو یورُک پھوناٹیک ہُران لفظُک کأشُر گژھ یِوان۔ اگر اَتھ "ر" حرف تُلو، تیٚلہٕ بنہٕ یہ ژٕ یِتھ زُو ذاتھ ہشند بدرُک لفظ۔ تہٕ اگر حرٕ بایتھ دال ژٕ اووس، تیٚلہٕ واتی کتہٕ گرٕ بیہتھ، چھُکھ بوزان ؟"

دَپان سٹیشن صحبس کٔمہ کتب۔ سوٗنچُن: "اختر صأب ووت ہالا یأنی پیٹھ۔ مُلہٕ تلہٕ چھُس سکمشنڈ فرایڈ شند وایرس لاریومُت۔"

●

---

لَتہٕ نوکھ اَفسٹ نوٹ: مأہر پیٹھ چھُ نادِم صأبس تہٕ سنتوش صأبس اختلاف۔ نادِم صأب چھُ دَپان "زوٚن موج زوٚنی" ہسأ چھے" اوکس بوٗکسکو" پأٹھو وِیدکالہٕ برونٹھہ ہیم مأہرٕ نہٕ، یہ پرٕتھ ہسأ چھِ اِنسانَن دوہلہٕ تہٕ نارکھ یوزنہٕ یوان یسنتوش صأب چھُ دَپان یہ ہسأ چھُ موہنجو دارو وَقتہٕ کیو کأشرو حکمہ کیمیا نسخہ پیٹھ کرُن نژٕ ووٚمُت تہٕ مطلب چھُ وَنان۔ ژٕ پرِو لُکھو رکھ، داندٕ ہینگ تہٕ بٹیہ کیا ہتام گژھِ کٔہن ژیٹھُن۔ ژٕ پرٕنوم تہٕ بٹیہ کیا ہتامس پیٹھ۔ اَمیُک حاصِل گژھِ نُتھ یہ زِ جہن زوٚنہٕ راٗژن بیمارس ٹیٚنگہ پیٹھ ٹیٚنگہ تام ڈٲکس منقٕشن۔ نوٚ ژھونڈ بیمأری ژٕ لٮ۪س۔

سوال ژُپیٚژھس۔ "بٹیہ کیا ہتام" کیاہ حَصٕ گوٚ ؟

جواب ووٚننکھ۔ اَنِت ووٚن کیمیاگرو عقلہ کرُن کھشُن۔

سوال پُرژھس۔ زوٚنہٕ پیچھس کتہٕ چھے ژٕ یہ تاجی راٗژ آسان؟

جواب ووٚننکھ۔ بیمارن ہنٛزِ بدقسمتی، اوے چھے یہ بیمأری لاعلاج۔

# کتاب نما

شاہکار۔

(۱) دیوانِ وہاب پرے

(۲) مرغوب بنھیوری

(۳) احمدی بٹہ واریُن طوطہ

(۴) سنتوش صابُن غزل: "مٹے تہٕ ڈزدوہ نی تال"

(۵) گوہر صابُن غزل "کیاہ کیاہ وٕتے"

عام کتابہٕ:

آریجن آف سپیشیز

کیپٹل

راج ترنگنی بہیتر۔

محمد زماں آزردہ

# طوطہ

طوطہ چھُ دُنیہِ جانہ وارَن منٛز بُلبُل سٕنٛدی پأٹھۍ سیٹھا مقبول گوٚمُت۔ یِمو بٕنہٕ وُچھمُت آسہِ تٕس تہٕ چھُ زِیُو پیٚٹھہٕ اُمو شُند ناو آسان۔ ہارِ ہٕن ژٕرِ ہٕن ہٕشہٕ زٕ نہٕ چھےٚ یہٕتہ کٕنہٕ شُہرت اما طوطس کٕتھہٕ وانہٕ۔ اُمی چھےٚ زبأنی ہٕنٛدیٚن موٚکلَن منٛز جاے کٔرمٕژ۔ فارسی زبان ہٕنٛزٕ نہٕ تمہٕ منٛز نہٕ کَرٕ ژھہ جایہ جایہ "طوطیٔ شکر ریز"، "طوطیٔ شیراز"، "طوطیانِ ہِند" بیٚبتیرِ نَظَر۔ اُردو زبأنی منٛز چھُ "طوطی بولنا" اَکھ اہم محاورٕ۔ خبَر ساہن لیڈَرَن کیٛاہ سۄد زِ تِم چھِ اکثر طوطہ سٕنٛدی پأٹھۍ بولان۔ اَما ہٕنٛزٕ چُژاوٕ نِشانہٕ چھکھ نہٕ زانِتھ یہِ طوطہ ہۄکُو وُھمت۔ بٔڈۍ بٔڈۍ جانور گاو، داند، سیہہ۔ یِم نِشانہٕ چھکھ ہۄکُو مٕنٛزٕ۔ بٔلکہِ چھُ مور آمُت قومی نِشانہٕ رٕٹنہٕ تہٕ زارٕ نہٕ۔ یہِ گوٚ اَکھ رٕنٛگہٕ ٹھیک زِ مور چھُ زٕ ژان پیٚٹھہٕ چھُ خوبصورت تہٕ زنگہٕ چھُس بدصورت نہٕ زانٕو یہِ ہارِ رنٛگہٕ ہیٚشہِ۔ اما اَکھ کیٛاہ گٔیہِ وتہٕ تھوٚ زِ کأم چھُس ساہن لیڈَرَن ہٕنٛدی پأٹھۍ وٕ گنٛدٕ۔ اُسو تہٕ چھِ ہیٚتھی نیٚبتیرِ بٔڈ بٕ وُزنی تہٕ شُند بأنی۔ اَما پوٚز اَنٛدرٕ ژھعنٛژٕ کأنی —— مور سٕنٛدی پأٹھۍ چھِ یِم سأنی لیڈرٕ تہٕ ژٕران۔ وونی گوٚ مورس بَبلہِ ہٕنہ ہٕنٛد زنگن کُن نظر پیوان چھےٚ تہٕ چھُ وٕسی پیوان نہٕ سأنی لیڈرٕ چھِ آسمانس سٕتی گاڑ بُزی بُزی کھسوان۔ سوروٚے دُنیاہ بٕبیہِ تٕتہٕ دُسی اَما یِم نہٕ چھِ پننٮ ہٕن زنگن کُن نظر ترٛاوان تہٕ نہٕ چھِ وُسی پیوان۔

خاطرٕ کٔرتھ اُس اصلی چلان طوطہٕ سٕنٛز۔ یہِ اَکِس معنہٕ چھِ شُمب جاناوار چھُ پنٕنہِ سبزٕ جامہٕ سیتی لیوٗت لوٗیہٕ وُن باسان تہٕ اِنسان چھُ دٕپان واٚنجہٕ منٛز لکھٕہٕ ہٕن۔ خدا بہتر زانان اَتھ ہیٚکہِ یہِ وجہ آسِتھ زِ سبزٕ رنگ چھُ زہرُک اَکھ علامتھ۔ اِنسانس چھُ چونکہ پانس اَندر زہرٕ زہر آسان۔ اَوے کیٛنی چھُ اَمِس طوطہٕ سٕندین ہمّن جامن منٛز تِہنٕزٕ نٕے عکس لبنہٕ یوان۔ بیٚیہِ دٕپان کُنند ہم جنس باہم جنس پرواز' یا 'زہرس چھُ زہرے ژٕھان'۔ اِنسان تہٕ چھُ عجیب مخلوق۔ اَکہِ اَنٛدٕ چھِ یہِ ساٚری سے واٚنسہ زہر چوان روزان تہٕ بیٚیہِ اَنٛدٕ پیٚتھ ساتہٕ زہر چیٚر کان آسان۔ بلکہ بیٚیہِ زہرِ آشامی ما چھٕے اَمِس جاناوارس سائنس عکس مشہور صوفی شاعرس وہب کھارُن موضوع سخن تہٕ بناوان لیکھٕ ڈٕ چھِے عجیب یہِ آدمہٕ ذات تہٕ، کانٛہہ چھُ سقراط سٕنٛد کہ پاٚٹھۍ کُنے پیالہ چوان تہٕ بیٚنہِ کانٛہہ اَندوانہٕ ناوان' اَدٕ کانٛہہ چھُ ساٚری سے واٚنسہ مٔتہٕ نارٕ چوان اَمانو تہٕ اَدٕ وٕنہٕ روزان۔ اصلی چھُ وجہ یہِ زِ زہر تہٕ چھِ چوان ساری' اَمہ یہِ زہر کمہٕ کیا زٕ چوتھ چھِ اہمیت۔ بیٚیہِ چھِ اَدٕلی نوکری باپتھ یہِ زہر چوان' اَدٕ ترقی باپتھ' اَدٕ اَفسر سٕنٛد باپتھ۔ کینٛہہ چھِ نمہ تہٕ بیم جایہِ کھاسہٕ خاطرٕ باپتہٕ بیٚنٛڈٕ موجوب یہِ پیالہٕ چوان چھِ۔ بٔڈ فرق چھُ یہِ زِ کینٛہہ چھِ دُنیاہک زہر پانس اَندر شرٕ بیرتھ بان پنُن چھکیہ دِوان تہٕ کینٛہہ پنُن اَندرُم زہر دٕچھُن کھوور پیٚٹھ کٕتھ پنُن اَوٗنٛد پوٚک پانس چھکیہ دِوان۔ اِنسانس تہٕ زہرس چھُ پانہٕ واٚنی زبردس رِشتہٕ۔ یوٗہے وجہ چھُ زِ طوطہٕ سٕنٛد بیزار چھُ اِنسانس پانس کُن کوٗشش کران۔

اَتھ ہیٚکہِ بیاکھ وجہ تہٕ آسِتھ یہِ کینہٕ طوطہٕ اِنسانس ٹوٗٹھ چھُ سہٕ کو یہِ زیٚنہِ چھِ دوہ شوے کتھ کران۔ اِنسان تہٕ بولان تہٕ طوطہٕ تہٕ۔ دون چھُ سوال ونلان زِ بیٚیہِ چھُ اِنسان ہے کتھ چھُ کران' تیٚلہِ کیا زِ چھُ اِنسان' اِنسانس دُشمن۔ تتھہٕ چھُ بیاکھ وَر۔ اِنسان چھُ ننہٕ کتھٕ پنٕنہ مرضی تہٕ کتھ کران' اَتھہٕ بر عکس چھُ طوطہٕ بڈٕ وفادار

اُمِس یہِ یورٕ وَنوٗ، یہِ ہێچھ ناوون تی وَنہِ اوٚرٕ ۔ اَدٕ ہتاوِس کتھاوٕنہٕ بَتہٕ وَنہِ سأرۍ سے وأنسہٕ تی۔ اُمِس چھٕنہٕ بلّیہِ کُنہِ کتھِ ہُنْد اَثر گژھان ۔ کانٛہہ وٲنی تَمِس کینٛہہ تہٕ توٗرٕ وٕنِس یہٕ تی یہِ ہێچھنو وُنت آسِکھ ۔ اَوے چھہِ اَسہِ وَنان زِ " اَکھ چھہٕ ہارِ تہٕ طوطس وَنان " مَطلب چھُ زِ طوطس بُروٗنٛہہ کَنہِ چھٕنہٕ چلان کانٛہہ منطق ۔ اِنسان وٲنی تَن یورٕ موکھتہٕ اَدٕ اور چھُس بوزُن اَکُے سبق ۔ یِتھ کالہِ اَسہِ بَڈٕ رٕنٛبِس تہٕ خوجہٕ طوطہٕ رَچھان، تِمن تعلیم دِوان ۔ تہٕ نِم اَسہِ تِمن تہٕ تِہنٛدِ ین مہمانَن ہِنٛزِ کتھِ سیٚتۍ رٕنٛزِ ناوان ۔ ووٚنی پٔراک زمانہٕ بروٚنٛہہ ۔ ووٚنی چھُے یہِ کأم اِنسانَن پیوان ہینہٕ ۔ یێلہِ ییم اِنسان طوطہٕ بولان چھِہ تہٕ کمن کمن اخلاطوٗ نَن چھُ طوطہٕ کلان ۔ کانٛہہ وٲنی تَن یِمَن کینٛہہ تہِ، دلیل دِینہٕ تَک منطق وٲنی تنک، امایم چھِہ لاگان سُہ سعدی شُند ڈھنگ ۔ کوٚہ کرِس کُنہٕ زنٛگ وٕپکارٕ وُچھِت نہٕ کتھِس دَپان ہوٚن یوٚت نام تِمِس مأرِک یِلے تراوان چھُے ۔ یِمن مرطیہ دارٕس سیٚتۍ، سیأسی یا سماجی لیڈرس سیٚتۍ چھُ طوطَن ہُنْد اَکھ کھیٚوٚل آسان ۔ ہُمِس آسہِ وُنہٕ چانٛہہ کڈنے تہٕ یِم چِھس واتھ دِوان ۔ ہُمِس آسان وُنہٕ نعرٕ دِنے تہٕ یِہُنْد جواب زوٚ بأرۍ کرِتھ ژان ۔

اَتھ چھٕنہٕ تیٚزِ محنت تہٕ پیوان کرٕنی ۔ کینٛژن کالس یِمَن پھَل پھوٚل وَل پھوٚل چھکان روزُن پێتِس کالس یِمَن پیٚنِہ زیوٚ گلہِ گژھِ ۔ یِتہٕ چھکھ آسأنی سان کتھِ آپرٕ دٕنہٕ پیوان ۔ یِیتھٕ چھُ یِمَن اَمہِ بے موٗل کارٕ سیٚتۍ تہٕ مُفتِکرِس یِتہٕ سیٚتۍ صحت اوٚر روزان ۔ بلّیہِ ہیکِتھ پیوان ۔ یِم چھِہ ٹھِکے وُچھِ دِتھ اَکہٕ اَنٛدٕ بێیِس اَنٛدس وانان ۔ یِہُنْد بیول تہٕ زیادٕ زیادٕ نوان ۔ اَتھ ماچھُ کانٛہہ روٗٹ ۔ سوچن چھُسی نہٕ یِمَن ہُرتہٕ کتھِ ہیٚن ۔ پابنٛدی تہٕ چھکھ نہٕ کانٛہہ، قانوٗن یِمَن پیٚنِین اَتھَن مَنز، لوٗکن ہُنٛدِ دستار یِمَن کھوٚنشتین تَل بڈٕ ین موہنوین ہُنٛدی سیریِمَن ووٚنٛدس مَنٛز ۔ اَدٕ ساکس لاگِہ پان داوَس تہٕ یِمَن لگہِ بُتھِہ ۔

دۄپان بڑو ژھہ کالہٕ ہے کُنہٕ مُلکس بادشاہ ژارُن آسہٕ ہا، تمہٕ اَسہِ اَکس ماٛدانس منٛز ستمان ۔ تہٕ پاٛز اوس یوان نہٕ کاٛنٛسہِ اَکس چھایکس ہیہِڑ بیہان اَدِ سُہ اوس بتان بادشاہ ۔ وُنۍ کیس نہٕ چھہٕ تمہٕ نظر باز پاٛزِ ے کُنہٕ نہٕ تیتھو سیٚدی گژھہ، یم پاٛزِ پننِس حکمس آمنا کرن ۔ اَما اَکھ کتھ چھےٚ زِ یُس یِم انسان طوطہٕ دٲسے گژھن، تس ہیکن اسمان کھاٛرتھ ۔ اَدِ ہر گاہ چھو شنیکھ یا ماٛرکن زیر کرِتھ، ہیٚری کڈنس سُہ وان دب زِ زُنہٕ کاٛنٛہِ پنٛجن تل ٹھوٗلہٕ منٛز نیرُن کوہ کر پوٚت ۔ اَوے کنۍ چھہٕ ماٛرۍ بمن طوطن سیتو پکان رٕژھیر بتھ ۔ کانٛہہ رکزی تن یانہٕ اَما طوطہٕ چھہٕ روزان ضرور ۔

سیاٛسی تہٕ سماٛجی طوطنے ہنٛدی پاٛٹھو چھہٕ اَدبی طوطہٕ تہٕ آسان ۔ پتھ کالہٕ اُسہِ انشاء اللہ خان انشاء تہٕ غلام ہمدانی مصحفی ہنٛدی طوطہٕ بازری منٛز بہ جلوسہٕ تہٕ کڈان ۔ وُنۍ کیس چھہٕ رسالہٕ، اخبار تہٕ آڈیٹریم زیادے پہَن اَوۍ کنۍ چھہٕ یم طوطہٕ پنُن کمال برابر ہاوان روزان ۔ اَمہٕ قسمہٕ کین طوطن تہٕ چھہٕ ذہن رٕژھ صاف یوان کرنہٕ ۔ یمن چھنہٕ پھل تہٕ چھکن، بس یم چھہٕ واہ واہ سیتی سوی گژھان ۔ یمن چھنہٕ کانٛہہ لبو کھمنت پورمُت انسان شرٛ یانے، سوا یہِ سُہ بُس یمن پنٕہ کُنہٕ آسہٕ ۔

وضاحت کرنہٕ کنٛجاٛیش چھنہٕ، بنٛیہ چھوٚ اَکھ تہٕ یم طوطہٕ پرِتھ افسرس اَدِ مِسٕس ۔ سیاٛسی یا سماٛجی لیڈرس اَنٛدی پکھی پرِتھ وِزِ وُچھان ۔ تہٕ ہیکو میانہٕ اَکھ پرٕ ٹھ ورائے یمن ناو واٛتِتھ ۔ کاٛشر یو چھہٕ اَکھ شاید کنٛڈ طوطہٕ تہٕ گورمنٹ ۔ تمِس متعلق کتھ کرنۍ کیٛہ ماٛدان تراٛوِتھ گرٕ پیٚٹھ وانُن، سُہ گوو نہٕ جان ۔ یمن طوطن ہنٛز مٕلے بیٚمہٕ بڑو ژھہ کتھ کرٕ تمن متعلق وَنہٕ صرف اَکھ کتھ بہٕ زِ خبردار گژھہِ روزُن یم چھہٕ بعضے ہیٚنہٕ کُنہٕ وُچھہ دتھ ژلان زِ بوٚلی ہیٚچھناوُن واٛلِس چھُ پننٕہ اصلی طوطہٕ کلان ۔

کانٛہہ کاٛنٛسہِ دِنۍ زِ طوطہٕ چشم ۔ یمن پیٚٹھ پرِژھ کرنۍ گوٚ انسان سُند پانس زِ نگہٕ ژٹنہٕ تہٕ پکھہِ واٹنہٕ ۔ پکھو سیتو سُہ وُڈِتھ ہیٚکہٕ نہٕ، اَما زِنگو ورائے راوِ ہس پننۍ حرکت، پرِژھ پرِژھ تہٕ اعتماد ۔

محمد یوسف ٹینگ

# مقبولنِس کلامس منز طنز تہٕ مزاح

مقبول کرالہٕ وارِنۍ شاعرانہٕ شخصیت چھےٚ تٕمِس زٕ شاہکار مثنوی گلریز
سپدِتھ تیتراہ منسوب ییمہٕ منٛزٕ تمہِنٛدۍ باقی کارنامن کُن چھُ کم کٔڈۍ تھے توجہ دِنہٕ آمٕژ۔
یہ چھےٚ اَدبی دُنیہِ ہٕنٛز کٲشہِ لٔژ باش۔ مےٚ ہرا انہٕمٕژ چھےٚ وار یاہ مأرۍ منٛدۍ غزل
لیکھو متۍ۔ مگر تِمن زٕ شاندار مرثی چھےٚ تِتھۍ پرٕو ژرٛاوان زٕ گوشہٕ کِس عالمس منٛز چھےٚ
رٹمٕژ ورأے۔ اَمِسٕنٛدۍ باقی کارنامے سَہل سَہل دٕرینٛٹھ یوان۔ مقبول چھُ عام پسنٛدی
ہٕنٛدِس شکنجس منٛز تیمہٕ آیہ موٚحدود کومت زٕ تٕمسٕنٛز ادبی تازٕ کٲری ہٕنٛد احساس چھُکھ
دُنیہ کم کاسے سٔبٕرن ہیوٚتمُت۔ مگر یوٚت یوٚت جدید ذہن تہٕ تنقیدی نگأری ہٕنٛز بصیرت
پھانٛپھلُن ہیوان چھےٚ۔ مقبولنِہ ادبی شخصیتُک رنٛگارنٛگ پاس تہٕ بُتھ چھِ نِنہٕ ہیوان
نیٚبر نو۔

طنز تہٕ مزاح چھِ پرانہٕ کٲشرِ شاعری منٛز اکھ سیٹھا کم یاب عنصر۔ لل دید
تہٕ نُنٛد ریشِو یِمن گورن تہٕ مُلن ٹھیٚنہٕ چھِ ژھکان۔ تِمن تِمن چھُ کٲشرِ مزاحکہ کم تہٕ
طنزکو زیادٕ نموٗنہٕ دِنہٕ یوان۔ مگر اَمہ پتہٕ زَن چھُ یہ سلسلہ آسی ہیوٚ گرٕھان۔
اَمہ پتہٕ چھےٚ اَمہ پتہٕ طنز یا مزاح ژھانٛڈنہٕ خاطر تحریری ادبہٕ بدلہٕ لُکہ باتن تہٕ خاص
کٔرِتھ لڑی شاہس ژھأر ہیوان دِنہِ۔ یوٗتام کُنتوٗ ہمہ حدی ہٕنٛدِس برابر منٛز کالس
منٛز مقبول ینُن "گرٛیسٕ نامہ" ہیٚتھ بازر نیران چھُ۔ "گرٛیسٕ نامہ" چھُ یہ ڈٕلی زنہٕ
کٲشرِ شاعری منٛز یینہٕ والہِ شاعری ہٕنٛدِ ترٛیچ پیش قیاسہ - (Anticipa-
tion) ہیٚتھ یینہٕ یوان۔ ہرگاہ اَمیُک فارم مثنوی ہٕنٛدُے چھُ۔ مگر اَمیُک

شعری مزاز تہٕ اظہارٕ ثہ اے، زبانٕ ہُنٛد وَرتاو تہٕ عصری ماحولُک شعور وٕرتھنے اصل تہٕ اہم کال کِردارن ہُنٛد ذکر تہٕ تجزیہ۔ اَمیک تیز تہٕ تیٖکھ دار طنز تہٕ مزاح چھُ اَتھ جدید کاشُر شاعری ہُنٛد گۄڈنیُک بھرپور نۄمونہٕ بناوان۔ تیٚمہِ سۭے بوزونہٕ از نام تہٕ چھُنہٕ تیٚمہِ خاطرٕ ستہٕ زیٛادٕ طنزی نظم کاشرِس منز گاشرٕ تہٕ آمُت۔ اَتھ ساس علاوٕ شارن پیٹھ مُشتمل یہٕ مثنوی چھےٚ پننِس رَوان سفرس منز طنزٕکۍ تقریبن ساری وَل تہٕ مزٕ چکھو کیٛتہٕ دلچسپ نۄمونہٕ پیش کران۔ "پیر نامہ" چھُ تقریبن اَمی خانوادُک بیاکھ نظم مگر یُہ چھُ مختصر۔ اَمہِ علاوٕ چھےٚ مقبولنس دستیاب کلامس منز اَکھ باقایدٕ ہجو تہٕ موجود۔ یِم ترٛیشوٕے چیز چھےٚ سانہِ طنزی تہٕ مزاحی شاعری منز تس وَتہٕ ہاوکھ تہٕ اہم شخصیتکس صورتس منز بروٚنہہ کُن انان۔

"گریسی نامہ چھُنہٕ طنز تہٕ مزاح برسبیلِ تذکرہ یا دویمہ ترجیح کِس صورتس منز پیش کران۔ یہٕ ساری مثنوی چھےٚ تیٚنٛدِس ذیہنس منز اکِس طنزی کارنامہ کِس صورتس منزٕ ڈنب لگان، یژھان تہٕ قلمہ کیاہ گژھِنہٕ پیوان۔ مقبول اوس طبقٕ غنی باگنے تہٕ روزگار کیٚنہ اکھ پیرن یُس تیٚنہ نیٚب پیرن مُریدن سیٚتی یِم ظاہرٕ اوٚتھ گریسی آسی، داد حاصلہ اوس۔ تِمن ہنٛد اَتھ سیلہ تسند دل اُہُند ریوو، تمی ڈٕ طنز کِس نشترس نظمہ چہ چکشنہ کِنہ پیٹھ کھُرن، تہٕ گریسی نامہ آو لیکھنہٕ۔ تسندی خشمناک مود ڈاک، یُس عام طور طنز ڈک سر آب آسان چھُ، چھُ گریسی نامہ کِس گوڈ ہنکو سٕے ورقس پیٹھ اعلان گژھان۔ حمد تہٕ نعتک رسم باثبر باثبر پوٗرٕ کرتھ پتہ چھُ گریستین ہیٖمہ آرٕ زان کرناوان ع

خصوصاً قدیم دہقان بوٗد چھُ بے دین
دل دہقان ہُنٛد زن گو مُنٛتے شین

نہ زانن حق نہ پیغمبر نہ پیری
ہُھی آیینہ چھُک تے خام پیری

چھہ بے شک عرشہ وُفقو متہ گریسیو تس چوب
بکش پاپوشہ از سر بر سرش کوب

یَسِنٛدٕ کہ رکینو زانہٕ مطلب نیر کٔتہٕ پأٹھۍ
ژٔنڈی تس کوٗر ، کوٗسۍ شرکو مرٕکہ ٹاہٹھۍ

یہِ چھُ اَکھ طوٗفأنی آغاز۔ اَتھ جایہِ چھُنہٕ شیٖن مزاحُک پےٚ پناہ، یُس اَکہِ لطیف تراپہٕ ہُنٛد ترجمان آسان چھُ۔ یِم شار پرن وِزِ چھُ باسان زِ یِہ تُس پٕچھ قلمہٕ کِیس دٔہنس شرارتُک پوٗس پرٛیدان۔ اَمہِ وِزِ چھُ شہٕ گریسی سٕنٛد کردارُک دوٗرخی پہلوٗک ذکر کرِتھ طنزِ ہٕنٛز صوٗرت بأگرٕ کران۔ یِہ چھےٚ گمہٕ ڈٕ گمہٕ ڈٕ طنز کھوتہٕ زیادٕ بدرد وُنہٕ ناٹُ تہٕ ووہ ووہ کڈنُک انداز نِہاوان مگر یِتھٕے یِتھو مأملہ بڑو نِہہ کُن ییکان چھِ، کڑنکہٕ یادِکھ یہِ عالم چھُ ہمان تہٕ طنزِ علاوٕ چھِ مزاحُکو زبر نموٗنہٕ شولِینہٕ میوان۔
مقبوٗلن چھُ پنُن موضوٗع وارِیاہ رنگہٕ وٕرتاوِتھ پیش کوٚرمُت۔ سُہ چھُ لفظہٕ ثارٕ سے تِمہِ آیہِ کران زِ طنزِ ہِنٛد پہلو چھِ آشکار سپدان۔ شہٕ چھُ گریسی سٕنٛد خوٗبیہِ تہٕ تیشنہٕ زن چالبازیِن ہُنٛد نقشہٕ تُلان تہٕ تِتھی حالات بڑو نِہہ کُن انان یِم فن کارانہٕ مبالغہٕ باوجود تیز تہٕ باسان چھِ تہٕ دِلچسپ تہٕ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ شہٕ گریسی تیس پوٗرٕ پأٹھۍ نمن ملِنہٕ خأطرٕ اَکِس تخلیقی فنکارانہٕ سٕنٛدی پأٹھۍ وانابہٕ گران تہٕ اَفسانہٕ تراشان۔ کأشر مثنوی ہِنٛدِس نِگارخانس منٛز اَسِ اَکھ نام عام پأٹھۍ صرف دو پراَدیبن ہٕنٛدی بیان کرِنہٕ مِتہٕ قصہٕ ترجمہٕ کرِتھ لیوان۔ مقبوٗلن ییمہِ آیہِ گریسی سٕنٛدِس مسخ شدہ کردارس وأنِس کڈنہٕ خأطرٕ وانابہٕ تُھرکی مِتہٕ چھِ۔ شہٕ چھُ سانہِ مثنوی نِگأری منٛز طبع زاد خلأقی ہُنٛد اَکھ قأبلِ ذکر نموٗنہٕ۔ تِکیازِ یِہ افسانہٕ طرٲزی چھےٚ تیٖزراہ چُست تہٕ چأرِتھ تہٕ موضوٗعس تِمہِ انداز تِکھ دِوان زِ مقبوٗلُن مُدعا چھُ یِموٗ سیتو بڑٕ مُدلل صوٗرتس منٛز نون گژھان تہٕ قأری یِس اَکِس لُطف آمیز طریقس منٛز قأیل کرنس منٛز تہٕ وارِیاہ کامیاب گژھان۔
مقبوٗلنہٕ طنزِ تہٕ مزاحُک اَکھ اَہم ہتھیار چھُ موزوٗن لفظہٕ وٕرتاو۔ مقبوٗلن اُنی کھوٗڈ نِکہٕ تہٕ نِم لفظہٕ تہٕ محاورٕ کأشرِس شارس منٛز یِم زیوٗ پیٚتھن تہٕ عام گفتگوہس منٛز چالو اُسۍ۔ مگر یِمن شارپرٕچھ فضیلت وآب مجلسہ منٛز اَینہٕ نک

جُرُھتہ کأشُرِ اوس نہٕ۔ یُتھ جُرُھتہ چھُ اَمہ کأشرِ سنسکرت شأیری منٛز کھیٚمندرس نٕشہِ لیٖنہٕ یوان۔ مگر کأشرِ زبأنی منٛز اوس نہٕ امیُک کُنہہ نیب تہٕ نِشانہٕ۔ مقبوٗلن کوٚر زبأنی ہٕنٛدِ اَمہ وَرتاوٕ سیٖتۍ طنٛزُک تہٕ مزاحُک مقصد تہٕ پوٗرہٕ۔ کأشرِس اَدیٖس وہراوِنٛٹ تہٕ۔ لفظہٕ ورتاوُک یہ نوٚو تجرُبہٕ چھُ پرٛن والیس وُچھِ کٕمہٕ جبار تہٕ یادٕ کران تہٕ اَز تِگ بَک ڈوڈ مُھتھ وہرِکہٕ تِہنٛدۍ ساُدر وار باسان یُتھ تُھکن تِمِکُ دوٗد آسان چھُ ؎

نیرِخ زانان کُنہٕ لاسِش نتہٕ سنٛگس
لبٲں لذت ہِہٕ خضرس نتہٕ ٹھنگس

مز کینہہ نہٕ کھیٚل اَدرکھ کُنہٕ چھُکھ
گَو لابُک شُشکھ روٗمنٛک پھکہٕ کُنہٕ چھُکھ

قدر نہٕ زانان ہمشی ڈوٗنیس تہٕ پیٚرس
اَتھ زانان ہِہٕ سرکس تہٕ شیٖرس

چھہٕ اُڈی یوزبینہٕ اُڈی ہیموٗن اَخراس
زُژاپُن نہٕ لاگن چھُک نُوہے خاص

پیٚٹھۍ ڈوٗنباہ تِہنٛدۍ چھِکھ ہیرٕ وشاد
قنٛدس تے مُجہ یِمن نِشہٕ چھُے کُنہٕ فساد

•

اٲس نِش چھُے نہٕ یِمن کینٛہہ غأر افسوس
پنٛتہٕ تھاوِی اَلقس کیٖتھ عضوِ مخصوص

نہٕ زانن پاک تے ناپاک ییٚتھ لوکھ
گرِہ ھن ما جن ہٕتین کورِ ییٚتھ لوکھ

برابر گریستین چھُے موج کورے
پرٛژان نے رگ پیسی پینہٕ نے کور مُلے

شفا یا متھ دِیِس شأفی بہ قودرتھ
پینٛیس ہیٚچ وانکے ہیرس وٕنٛدن رتھ

یِمن شارن منٛز چھُے گرسیی تس نزیش پیٚچے چیٚپے وُتُل والینہٕ آمُت۔ شأیرن چھُنہٕ سُخ بُھلہٕ سُخ لیٚکھ ژادنسی تہٕ عار کوٚرمُت۔ مگر سُہ چھُ اَفسلن ہٕنٛدِ تضادٕ سیٖتۍ کردار کینہہ تُہۍ یِمن ہُنٛد شوخ رنٛگن منٛز تصویر بناوان تہٕ پٔنہٕ نس شِکارس کیٖرِ کیچھِ کران۔ یِمن رنٛگن ہٕنٛدِس کیفیتس ییٚچھ ہیکی نہٕ راہ اُسِتھ۔ مگر طنٛز کیو معیارٕ چھُ سُہ پنٛنِس مرضوٗہس منٛز برپوٗر اَتھ یادٕ کرنس منٛز وار یا ہس حدس تام کامیاب سپدان۔ یوٗت تام زَن افسانہٕ طرازی ہٕنٛدِ ذٕرِیہٕ گرسیی تس طنٛز کرنُک تعلُق چھُ، مقبوٗل چھُ اَتھ شاہ فنی لِحاظہٕ زیادٕ ثمرخرد سپدان۔ افسانہٕ پیٚنٛو ونان

دونان چھُ شہ طنزس سیتی سیتی مزاحک پہلو تہ یاد کران تہ اُتھی سیتی ٹھٹھہ لیکھ
ہاو لفظ ورتاونہ تیشہ تہ دوران۔ مثالے نیتو شیطانس سیتی گرپسو سنز
مکارانہ دغا بازی ہند قصہ۔ یہ چھُ نتیوت دلچسپ زا اتھ جایہ چھکنہ گرپسو سنز
لفظ قیچیہ واپینچ جنوُر وُر ٹھتے روزان۔ گروس تہ شیطان بنے یہ بہیال رٹمو دوو
گو گیجہ۔ ہردہ بیلہ گو گیجہ ہاکھ کھو بلے آو۔ گرپسو دوان شیطانس۔ ون سائم
مول رٹیچھ کینہ دوپھ۔ شیطان گو بیسر پتر ان خام طمع۔ گروس دوپھس عائشہ منا
کرپھت، مگر ہردس تام چھے پرانُن۔ ہرد ڈاو بیتر بیلیہ زنہ پھتہ وسے۔ گرپسو
رنیہ گو گیجہ تہ شیطانس لاریو افسوس۔ بہرحال دوپُن کینشہ چھنہ پرواے نو
ورکو یتہ ہیمنس حساب۔ گرپسو دوو نوو دریہ دانہ۔ شیطانن دوپُس۔ بہ رٹہ
ازکو چہ لکہ مول۔ گرپسو نرو گونرچھ تلی اُستاہ تہ دوپنس ہیلہ بسم اللہ۔
ہردہ نیُو گرپسو دانہ لو نیتھ تہ شیطانس گو بیلیہ مذاق۔ بہرحال تژھیمہ ورکہ
دوپُس شیطانن ع

پرُس ہیوُرُس یہ اوشس بے خبر خام     پیہس حسن و قبیح ہیلے بوز نہ آم
پیہس میلے گو تعلیم سوئے پیٹھ ٹھم نیز     چھپے یار ژی ژ رٹھ مشر یم اکے چیز
گروس گو اتھ پیٹھ آماد تہ ڈون مکاٹھے اتھ پتہ ع

چھُ شیطان وچھ وچھی کو ناہ گژھان شاد
فشراہ کورُس پیہس یہے دراس اُستاد

خریفک فصل یا متہ لونہ نش دوست
مکابہ ہر طرفہ ژانُن ہیونکھ دروت

نہیس وچر گرپسو شیطانس تھوُون کانڈ
عہد رتی اوس یتھ کن تھووُنس کانڈ

ہیلین مولن وچھان ابلیس کیشاہ اوس
وچھن خالی دو شوئے کھیون افسوس

## گُڈٕن تس گرٕ پیسہ تس نِش خط ییِنی
## مٕنٛڈٕس سوٗدٕم  غریبی نٲوردہ ییِنی

اُتھ میٖلِس منٛز چھُ بیاکھ شہ قٕصہٕ ییٚتھ منٛز گرٕ پوٚس پننِس احسان کرن وٲلِس یاُرس تٕنٛتھٕر واٰرٕنیح منگینہٕ گژھان چھُ ۔ اُتھ قصس منٛز چھُ پننہٕ مزاحک کانٛہہ پیے، مگر طنٛز چھُ نیوٗت بے پناہ ژٕنٛژہرن ہٮ۪یوٗ چھُ یوان ۔ اکھ سوداگر گوٚنٛٹھ چھُ یُس اُکس کاوس اُکس وٕنٛژس تہٕ اُکس خوٗنخوار سہٕہس ہیوٚن نا اِنسانٕژ تھار کران چھُ ۔ اُمہ پتہٕ اکھ لچھہ روٗ ییہ خرچاوِتھ موکلٲوُن گرٕ پیسہ کانٛہہ اُکِہ مارٕ وانٛلہٕ پٕشٕنٛز شٕژاکٕ تلہ ۔ پتہٕ آو اُمِس سوداگرس وٲرٕ واتھ بٔنٛتھ ۔ کاو ، وٕنٛژھ تہٕ سُہہ چھِ تس ٹھکار یوان تہٕ بحسان نکھہ وٲلان ۔ سُہ چھُ اُمہ پتہٕ گرٕ پیسہ یارس نِشہٕ واتان ۔ یہ سٕتھ ہیٚتھ زِ سُہ وٲلہٕ دوستی ہُنٛد حق نکھہ ۔ سُہ چھُ گرٕ پیسہ تس نِشہٕ واتان تہٕ تٔسِک سیر باوان ۔ اُمہ پتہٕ کٕنٛ منظر بوٗزٕو مقبوٗلیہٕ زٕلوٗ ۔ گرٕ وٕس چھُ خاصہٕ سوداگاوٕس وَنان ؏

منگان اوٗشس بہ ژٕنگہ رٕنگہٕ اَز حق  ||  ہنگہ منگہ پاٗدٕ گژھِہ نامیون مُشفِق
خوٗجس سٕتھ کٔیہ وفادارِے چھُ دہقان  ||  قدر زانہِم ژٕ یتس چھُس میون احسان
ہیوٗنس ییلہٕ ژھانڈ نٕ مطلبُ ژٕ ییٚم  ||  ہیوٗ تُن نٕس دوستس دُشمن وُنوٗن تِمو
چھُ نس کوٚھٹس مرٕس پنٛچوس سٕٹھا کروٗٹھ  ||  پیوٗ مُت پیچھ بسترس وُنس مُدت زٕیو ٹھ
حکیمو دوٗپ گژھِ بلنے یہ یوٗدٕ وُے  ||  اُمس اِنسانہٕ سٕنٛز واٰرٕنیح دوا چھِے
ژٕ ژٕنے روٗسنے کانٛشِہ ہنٛز روٗزمٕنہٕ کانٛہہ برانٛتھ  ||  سٕنٛتھ ٹھوٗتمٕ ، دِتمٕ وٲرٕنیح بچِھم مانٛتھ

بہرکیف گرٕ وٕس چھُ خوٗ جٕس کانٛس منٛز گنٛڈان تہٕ شٕژاکھ تیز راو نٕ نیران ۔ بچارٕ خوٗ چھُ کیٚنہہ نام ژٕ لیٚتھ ژٕوٕ لرٕ نٕ ، دٕری یاوس وٕو ہٹھ نٕژاوان ۔ گرٕ وٕس یہ تٔسِک خطاب کران چھُ، سُہ چھُ شدید طنٛزُک اکھ زبردس نمونہٕ ؏

کوٚہس پننہٕ گرٕ پیسہ آتوٗ آفرین چھُے  ||  دغا کوٚرتھم یہ کیٚتھ اُمین و دین چھُے
توقع بوٚڈٕ ژٕ ژٕنے نِش اوٗشم مٮ۪تے اَے یار  ||  ژٕ کرٕ ہہ کہ ہم پھرتھ کلہ اَسے وفادار

ژُھتے چھا چاگٕژ یارٕ ژھاف پچھٕے عاف — میٚٹے کاٹژاہ چاگٕژ دوندس ماے تٕے کاف

ژٕ ہٕٹے ماڈس دوٚن پھلین رٕژنیے پتہٕ کاہ ہمیچھ — بہٕ کوتاہ چھس ٹھوٚکھ چوٚنے موہ جنبتھ

یہ ماڈ اڈٕ پاد وائنج ٹاکھٕ آ..ہی — لُچھس ارزیتھ کرٕتھ ازسیہ وفائی

بگرپیسو ناھس منز چھےٚ واریاہ یُہ لُطف مُقام یتہِ مقبول کمال فنکاری

سان گرپیسو سیندین فنڈن ہُند ذکر چھُ کران۔ یمنیٚ منز چھُ اکھ کاڈ ذہن خرید اکن

کینہ نکٕ مامله تہٕ چھکیدین چھُ عارِنیے پیوان وٚنیہ زٕ کاوکنیہ مرِتھ۔ بیانس منز چھہ

پیرس سیٹھ بد معاملگی ہٕنزِ قصہ تہٕ وٚنیہ آمتھ تہٕ سزو ول تہٕ شقدارس پوشہ لنج

واوکرنکٕ داستان تہٕ۔ پزر چھُ زِ مقبول چھُ غٲر شعوری طور تمیہ وقتہٕ کین سماج

کین اندروٚنی تضادن سیاسی دباون تہٕ اقتصادی رِشتن ہنٛز وٕکھنے کران۔

اکھ بیانس چھےٚ اکھ شہر آشوب ہیچ کیفیت۔ مگر تمہٕ آیہٕ گرپیسو ناھس نظر دِنی چھےٚ

ازکہٕ موضوع نیبر۔ سُہ چھُ اکثر جاین طنز پادٕ کرنس منز کامیاب سپدان تہٕ مزاح

ہرگاہ چھُنہٕ ذہنی انبساط کِس کھترٕ کس واتان، مگر تونہ چھُ مزدار باسان۔ مزاحکین

یمن صورتن ہنٛدی نوٚمونہٕ چھےٚ ساری سےٚ گرپیسہ ناھس منز چھکرتھ۔ مثلن وچھو تو

سہ مُقام یتھنہٕ سُہ مبالغہ مزاح پادٕ کرنہٕ باپتھ استعمال کران چھُ۔ گرپیسی تس

اکس آو اکھ یار پُوژھہ بُنتھ۔ تس اس یارِچ درج تہٕ سپھتی۔ گرپیسی تس گوٚ خیال

زِ یہٕ چھےٚ میانہِ خاطرٕ، مگر سیٚلہ یارن دوٚنُس زِ یہ ٹھوکرتہٕ ٹلتھ پگاہ چھم جِنیہ کتام

شخصس واتناونی۔ گرپیسو تس گوٚ کینہ۔ راتھ کٔشتے کرنس یہ عذاب۔ صُبحن

سیٚلہ یارن سکھرن ہیوٚت گرٕس وٚٹھس زاسیہ چھُ کپرٕ ہُمان اکھ۔ یہ اکھ ناکھنتھ

بچار ساد منوش یار گوٚ آباد۔ گرٕس چھُ کپرٕ میٚنیہ خاطرٕ نوشن کورٕن گرٕ۔ منگان اُمہ

یتہٕ چھُ مقبول وَنان ع

تمو گز ژھارنس لوگکھ سیٹھا کال — لبکہ گُڈٕی کُڈھ کورکھ تمو گرپیسی بد حال

ہیچوٚ نیٚ لوٚبو اُنی تو شُستر ژٕہے — ڈپان چھس شُستر و گگرونیوُمُت چھے

گگرِ ذانھا چھےٚ کاٹھرِ پادٕ ژھو ہیوِی — نوان بلکل چھہ شُستر بانہ گرژٕھی ہیوِی

چھہ پرِ مانے کینوی زَن پھل کھیوٗنی     کنوٗ اَندرِ کڈِتھ کنہٕ مَل رنوٗنی

مقبوٗلنہٕ مزاح پاٹھۍ کرنک بیاکھ انداز چھُ، یُس زیٛادہ سیٹھا بچھ خرکرِتھ ہُند بظاہر باادب تہٕ بڈٕ شایستہٕ الفاظن منٛز ذِکر کران چھُ۔ یِمن جاین پُٹھ چھُنہٕ سُہ تنوٗت تہٕ خشمہٕ ہوٗت باسان۔ بلکہ اکھ سُہ لطیف مزاح ہُند تھاوَن وول اِنسان یُس زندگی ہنٛدِ ین ہجرن تہٕ کجرن، ژو کین تہٕ مُدرِین مزاحیہ اندازَس منٛز قبوٗل کران تہٕ بیان کران چھُ۔ مثلن گرٕ ہیسوٗ ناریج سو جاے وُچھنوٗ یٛلہ سُہ شہر پیٹھ گرٕ یِوان چھُ۔ راے اَسیس ژھکو مُرید کرنم لولہ منٛزٕ لاے۔ مگر تم چھہ پیرَس وُچھی تھے ژھیچھ دِوان۔ مقبوٗلس چھےٚ راتھ مُشِد منٛز گُزٲرنی پیوان۔ اُتھی شایہ ہَنہٕ چھُ تس کُس تام شیٛنڈس پھِران تہٕ سُہ چھُ وَنان ؎

عرضِ آخِر سرِ مسجد گژِھتھ بیٹھو     ٹکوٚ کٕنہٕ ژرٕ تہٕ ماکن مُشدِ منٛز ڈیٹھو

ژزمُت اوسہٕ نتہٕ ستن رٕتن بَر     بو چھےٚ میتی اَسو ماکن لُچھو گمیتی ژر

بہر صوٗرتھ اَتی اَسہٕ ترووٗ ڈافاہ     کرُن ہیوٗت ماکنوٗ اَسہٕ جَن طواف اہ

ژرَن نےٚ ماکنن یِٹھہ ساعی کٕنہٕ تھوٗتھ     ہنےٚ ہَنہٕ تنہٕ اَسہٕ تروٗ تنہٕ وِنی تلکھہ تھوٗت

بلا چارٕی ڈولتھ گرِنی مُشدِ اندر     چھنٛدس پھوٚر نوٗرِ چشم شاہ سکندر

تمی پرِتھ شوٗبہے ژرتھ خدمتھا کرٕ     نصیحتھ وارٕ تھاوِن مینتھا درٕ

ستن اَتھن روپین نیوٗن حبا داد     تمامے عُمرٕ روزِم یُتھ سفر یاد

مزاحک اکھ دِلچسپ نوٗمونہٕ چھُ تتھ جایہ تہٕ یتِنین مقبوٗل گرٕ ہیسوٗ ہنٛدِ ین نو ہمتن ہُند ذِکر کران چھُ۔ یہ چھےٚ طنز تہٕ مزاحُچ سو میلہ ہش یتھ پٹھ اَکھ اَکس سیتھ ہم نال تہٕ ہم آہنگ چھہ تہٕ توٗے چھہ یِم شارٕ زبان زدِ عام ؎

لگےٚ پیرو کیتابے وارٕ وُچھتم     کشن کو کرِن یِمس ہاہنگ کینہٕ چھم

لگےٚ پیرو اَمِس لگ گجرٕ پرٕے چھم     چھِنٛتس کو کرِس توٗے یکھہ تھاوِ مرشِدِ چھم

لگےٚ پیرو وَنم گنڈِ دونی بہٕ ژاوس     تہٕ پرٕتس وُنی کینس اَدلتھ بہٕ تھاوس

پیرنامس منٛز نہٕ چھےٚ گرٕ ہیسو ناریج تندی تہٕ نہٕ برجستگی۔ مگر شہر آشوٗبچ

لےٚ چھےٚ اَتھ زیادٕ نمایان تہٕ تۄہے۔ یِھےٚ طنزٕچ رنگ تہٕ تاکارٕ ع

تیٚھند اعلا تہٕ ہم آدنےٚ بنےٚ منٛز — چھیہ رٕہزن رہنما لوٗکن بنےٚ منٛز

چرس سنےٚ بتھ گہ چھتھ یُس ننگہ پھیری — کرن تِم پٔرتھ دِیِن یی گیہ فقیری

مٕھر نرٕ نرٕ کرِن زانن وِلایتھ — بڈٕ یتھ تٔرٕ پٔرتھ یہ عین عطایتھ

نرٕنن گانہ نعمس آسہ مُشتاق — کرِن مشہور تس یکدم بہ آفاق

خصوٗصن یودٕ تمس مارنی تگیس تال — دِیِن پیٚزِ کیٚنہ لۄہ ہیےٚ گو صاحب حال

یہ چھ ریاکاری تہٕ اَیزِن قدرن پیٹھ حملہ، مگر طنز چھ یکطرفہ زِ زانِ

واریاہس خٕدس تام بے لُطف تہٕ مزاح کیہ نوٗنہٕ ہُر یِتھیہ چھُرا۔ مگر اتھ جایہ تہٕ تۄت

تۄت بیان تٕرہ نہ بڑہ نہ پکان چھ۔ مزاح چھ دار وارٕ پنُن روے نۄن کڈان

یانے بیان کرن دول چھ اَکس پُر لُطف انداز س منز۔ پیر ٕشندہ پہ ستند مگر مضحکہ خیز

نقشہ چُلان ع

کنکو ریشس کو نٔنددٕ بون پیراہ — لیا ساہ رٔٹ گنڈتھ زَن بوڈ اَچیراہ

زٕ خدمتگار اَکھ صوٗفی اکھ جلودار — اَکس لدیتھ گُلاہ دوٗ یمیس سماوار

وو یُس گیہ تَرن دوہ مَن آسس پیالہ — لَلیس آسِن تہٕ بیچے ژھنمٕتی وَرے

نیبر نیرِتھ تکہ یھۄ گو نرٕ رہ تےٚ پٹنگ — اَجی وو ڈٕ آسہ تھاوِتھ ہول کرٕنتھ برٕنگ

گرِس پیٹھ ہیتھ نتی تسبیح در دست — وظیفس کُن گومُت مشغول و سرمست

سلامے کانہہ کرِیس پیادٕ سواراہ — جواب اَکھتہ کرِس کلہ کے اِشاراہ

بڈٕ یتھ کرٕ ڈیر تتھہ گرِ بے صوٗر رواتھ — کٹُن کو کرن ہنٛشرے ہٕتیہ آسہ صوٗرت

یہ چھ شوکھ تہٕ صاف مزاح۔ یتھ منز خیالیچ ظرافت تہٕ چھےٚ تہٕ تصویر کشی

تہٕ چھےٚ دِلچسپ۔

"پیرنامہ" چھُ مقبولس یتہٕ زٕ ھوٗر ادہ آمُت۔ مگر نوٗنہٕ چھُ اَمیُک

خاتمہ اَکس دِلچسپ تہٕ پُر مزاح صوٗرت حالس پیٹھ سپدان۔ یُلیہ پیر صاحب

کسفا م نازنین ٹھتمس مُدتے گنڈتھ فاتحہ زیٹھ راوان چھ ع

ضیا فتحہ چھےٚ فاتحہ زیٖچھٕ راوان  ڈلیٖلوٚ سیٖتۍ مجلس میٖچھٕ راوان
جمیل الوجہ کاشُہ مجذوب آسیہٕ س  بدل مرغوب سُے مطلوب آسیہٕ س
زبان مُژران اندر خوش بیانی  کران تقریر اسرارِ معانی

پیٚنہٕ تیس داغِد موجود یِمیوس منٛز چھُ مقبوٗل اکھ زبر کارٹوٗن ٹینچہ یوٗان
تہٕ امہ حسابہٕ طنزس سیٖتۍ سیٖتۍ مزاحکٕ نوٗ موٗنہٕ پیش کران۔ شقدارُنُد حرف اکھ
قلمی تصویر وُچھوٗ

ہیٚہٕ مسکین جیا کھہ بالک رام تیمُس ناو
کلہ نٹان اوس تس نیٚلہ ہیٚلہ یوٚت واژاو
الہٕ گوٚڈ زن کلہٕ چھس حیاق وو زجہ نار
کژالہٕ وارِ ہیُٚکھ زالہٕ لد شقدار بد کردار
ژرار ہیٚنز ہیِش ملے لاٗ گھتہ کیتہٕ ہٕن کرٕ سوٗز
پھہ پرہٕ ہٕن کھیٚپہ پوٗڈھتے ویٚمھ سوٗنہٕ ہٕن کرٕ لوٗز
کڈِتھ زیُوٚرٕ ہاس یوٚد کھیٚپہ مرژہٕ وانگن کھار
کژالہ وارِ ہیُکھ زالہ لد شقدار بد کردار

بہرحال مقبوٗلُن طنز تہٕ مزاح چھُ وارِیاہ پھُیرِ تہٕ ہشرٕ وُن۔ یہ چھُنہٕ
ادبی مزاح کین اعلا معیارن پیٚٹھ پاسہ نیران۔ مگر کاشُر زبانی ہٕنٛدِس وارِیاہ حدس
تام یِکہ پاسل ادبس منٛز چھےٚ امہِچ تاریخی تہٕ لسانی اہمیت مُسلم۔

## ہری کرشن کول

# نہ وننہٕ لایق کتھ

دپان لل دیدِ کتھ وسیٹھا زاوُل پھمب۔ مگر ہیشہ ماجہ کھوتُس نہ ڈایہ کینہہ۔ نوش آسہ بچھے گنڈن لَلہ رنیہہ۔ تمہ ڈیُت شہ سورُسے کوتُمُت ھمب نَرِس داٲیہ تہٕ نتھٕ کھسِتھ نَدٕری۔ ندرٕ ہٕنز یم نَدرٕ وال آسہ یوزٕنہ چھِہ پوان تِم چھِہ ذِکرِ لل ماجہ ہِنٛزِ تِمے نٲوِ جہ پھمبہ تارٕ۔ ممکن چھُ اوٚے ماجہ ساٲنی ازکلکی ادیب تہٕ شاعر لل دیدِ ہنٛد تبرُک زانِتھ پانہٕ حرف نَدرٕ ونان۔ نیتہٕ نَدرٕ والِکۍ ہُنٛد زاوِ جار ورتاوان۔ مگر جناب۔ بہٕ چھُس نہٕ یمو خوش نصیب ادیبو نہٕ شاعرو منٛز۔ میٚے چھُ معدٕ تہٕ کمزور تہٕ نظرٕ تہٕ۔ نہ چھِم ندرٕ ہش پان تہٕ نہ چھِم ندرٕ والِن ہُنٛد زاوِ جار لبنہٕ یوان۔ میٚے چھُ سیوٚد تہٕ شوٚد ہاکھ بتہٕ ہضم گژھان تہٕ نی چھِم لبنہٕ یوان۔ یُس ونِتھو اچھر ولیکن بیٚیہ لیکھنہٕ چھُ تہٕ ییٚتھ انگریزی پاٹھو "شاید" رائیٹنگ آن دِ وال چھِہ ونان۔

اگر تُہہ بیٚیہ اَتھ منٛز تہٕ زاوِ جار یا کاکِگی باسیوٚ۔ تیلہ ونو وہ سزٕ دیٚے نہٕ تیصیف رٲتہٕ کینہہ ہشنکہ مشکہ ماسہ راسے۔ میانہٕ آشنہٕ باسیو کتہٕ تام سپیز ہم بارہِ۔ کنہٕ تام چلیبہٕ گولہ۔ کتہٕ تام پھوٚٹ بم۔ مگر میٚے زون زِ یم چھیتہٕ بم بلکہِ بیشکولہِ تہٕ یِہُنٛد مطلب چھُ حرف یُوتُے یوت زِ مقبول صٲبن زینہو سانہٕ حلقچ اسمبلی سیٹ۔ یتھ پاٹھو چھُنہٕ میانہٕ آشنہٕ میانی کانٛہہ کتھ بہان۔ مگر بہٕ چھُس بار تھچھہ مشو تہٕ تمہ ہیٚنز ہٕتیہ کلہٕ تلہ کیپرٕ نادر۔ مگر میٚے آیہ نہٕ وۄں نی نبٔندرٕ۔ بہٕ لوگُس سوچنہٕ زِ مقبول صٲبنہٕ زینہٕ سنو کیاہ پٮ۪یہ

ریاستی، مُلکی تہٕ بین الاقوامی سیاستس پیٹھ اَثر۔ مگر سوچِتھ ووٚنُکھ زِ کینٛہہ سوچِتھ پأٹھی اُکھ لڑکہٕ اِمتحان ہالس منٛز مُشکل سوال اَڈ وتی ترٛاوِتھ بیاکھ سہل بہٕن سوال چھہ ژھاران۔ تمہِ پأٹھی لُکھ بیٚیہ سوچِنہٕ زِ مقبول صاحبنہٕ زیٚنٛنہٕ سیٚتہ کیاہ بیٚیہ میانِس ذاتس پیٹھ اَثر۔ مگر یہ سوال تہٕ اوس نہٕ تیوت سہل یوت مےٚ کوٚڈ باسیوو۔ اَمیُک جواب حأصِل کرنہٕ خأطر گژھہِ انسانس علم نجومس سیٚتہ لبے کھوو آسُن۔ یُس بوٚچھ ووٚنۍ یازانان آسہ مےٚ ہیٚکہ ونِتھ زِ بیٚیلہ کُنہٕ رأتھ منٛز منٛگہ کانٛہہ نوو گرٛہ آیہِ، تیٚیلہ کیاہ جان یا ناکارٕ اَثر بیٚیہ یمن رأتھ والین پیٹھ یمن نوو گرٛہ مہربان آسن گامتۍ۔ خأر مےٚ ہیٚنز بحث ترٛاوِتھ یہ پرٛیکٹِکل کتھ سوچیم زِ یہ کرٕ گژھہِ مقبول صأبس مُبارک کرنہٕ تہٕ تتہٕ کیاہ ونس۔ تھیوری ہینٛدِ فضول مَسلن دل دِنہٕ سیٚتہ اوس میون ذہن چیکراونہٕ آمُت۔ پرٛیکٹِکل کتھ سوچنہٕ سیٚتہ اُکھ آدسہ اَتھہٕ تہٕ بیٚیہ لوگ وتہٕ۔ نتیجہ دراو یہ زِ مقبول صأبس مُبارکس گژھنک کانٛہہ پروگرام طے کرنہٕ برٛونٛہہ بیٚیہ مےٚ بلّیہ نٛیٚندرِ۔

وُنہٕ اوس نیٚنٛدُک کانٛہہ زِ یہ وُزنو ونس آسُنہٕ: "دوٚپہ ہمسا مقبول صأبس آیہ سیٹ مگر ژےٚ میلی نہٕ پیٚتہٕ ہاکھ"

ہاکھ کیا زِ میلہٕ ہےٚ نہٕ کشیرِ منٛز چھُ شایدہا کھے یوت سہ چیز یُس پیٚتھ موسمس منٛز دِسہ یاب چھُ آسان۔ یِنہٕ کشیرِ منٛز اِنسان ہفتہ پیوو تتہٕ ووت اُسہٕ خداحاسس ہاکھ تہٕ بتہٕ منٛگان۔ اَدِ بتہٕ کھوٚرُن کا منٛز مگر ہاکھ ہفتووُن سو لبہٕ۔ اَما پوز میانہٕ آسنہٕ ہُنٛد مطلب اوس زِ ہر گاہ ژِ ہیر گژھہِ بیٚتہٕ میلہٕ نہٕ نتس کانٛزیس بھستو وأرِس نیش سہ کاوڑ ہاکھ یُس تسنٛد کینٛہہ گبوس تہٕ بازار چھہ دِوان۔

مےٚ تُل کھٹیلہٕ تہٕ دراس نیٚنٛدرِ اَچھو بازر۔ بازرس منٛز اوس صرف مگر یانے محمد مقبولُن نأوِد داپنے یوت بیٚلہ تہٕ وانس پٔروٚنٛہہ کٕنہٕ اُسہ مگس علاوٕ

نذیر ووٚنی، بشیر کوٗر تہٕ نشند لوکٕٹ بوے فاروق تہٕ رحمان کاڈٕ تہٕ کھرٕٹا — —— رحمان کاڈٕ اوس تیمن وہرٕ ھناوِتھ وٕنان یِزووٹ گٕنٛزراوٕنیچ کأم کیٛتھٕ پأٹھۍ اٚمس کالےٛ موٚکلیمرٕ ہمگر ھأنکم کیا زٕ اوس یہٕ رِزٕ لٹکٕ اعلان کرنس ٹہران۔ اُتھی منٛز بیٚلیہ مٲکس مےٚ کُن نظر۔ تہٕ دِژن بڑٕ کرٕ کِھ۔ "مسیٚنہ منٛز تہٕ چھکھ اَزٕ کأمرٕ ژوٗرٕ دلٕن۔"

مٲکینہ یہٕ کیٛتھٕ بوٗزِتھ کھوٚت یہٕ مےٚ اِشتعال۔ کھسیہ ہیم تہٕ کیٛتھٕ پیٚٹھ؟ مےٚ اٚس یہٕ کیٛنٛہہ مسیٚنہ منٛزٕ رٕتھ کأمرٕ۔ وٕمہٕ نی گوٚبتھ اوسُم چھلنۍ تہٕ نوٚرے اوسُم روے بوٚہاکے دِیان ہیوٗ باسان۔ بیٚلیہ اشتعال کھسیہ نشوٗ یِس فُرصتھ تہٕ فراغتھ آیہ۔ تہٕ مےٚ اٚس باہر۔ اگر مےٚ اکھ منٹ تہٕ ژیر گژھہ ہے مےٚ میلہ ہے یہٕ شہٕ کاوٕ ڈائیک ہاکھ ییٚس کیوٗس تہٕ بازار چھُ دِوان۔

ہاکہٕ وائِلس نِش نرخٕ حِسابہٕ روپیہ شُراہ ٹُبری، جانگرِس منٛز بیٚلیہ ترٕ ہٕسے ٹُبری، تہٕ گرٕ نٕز بچھرِس منٛز۔ بیٚلیہ ژور ٹُبری ثُنیتھ اوسُس بہٕ گرٕ کُن پکان یہٕ نأوِدٕ وانٕس نِش لوگ میانہٕ مٲکس دٕکہٕ۔ کیٛنہٕ ہمگرٕ نے دٕیٛت مےٚ زٕ أنتھ أنتھ دٕکہٕ۔ کیٛاہ ہاکو وٕنِتھ؟ بیٚپأری آیوس بہٕ نالہٕ منٛز لاینہٕ تہٕ ہٕپأری دِژ مگنٕ کنی کرٕ کِھ — "بٹا بوزِنہٕ چھُسے نا یوان۔"

اٚوٕ نام اوسہٕ مےٚ کیٛنٛہہ بوزِنہٕ یوان کیٛنہٕ تہٕ۔ مگر بوٗزِ وٕنو وٕ۔ یہٕ کرٕ کِھ بوٗزِتھ گوٚ مےٚ اُچھن برٕ ونیچھٕ کنٕہ اَنہٕ گوٗٹ تہٕ بھگوانے چھُ زانان زِ بہٕ کیٛتھٕ پأٹھۍ وونُس گرٕ۔ دِیان بیٚلیہ دانٛدس جمأٹس چھِ وٕنان تیٚس چھُ مزار یوان۔ یِتھے پأٹھۍ بیٚلیہ ٹبٕس ٹبٕرٕ چھِ وٕنان شہٕ چھُ دال چھٕکان۔ اوٚنہٕ اوس اَسہٕ گرٕ اکِس نفرٕس جوٚم نیرُن۔ نیٛبر کنی میچ اَسہٕ اکھ ٹیکسی تہٕ اٚسی شٕیٛن سٕتھ زٕنی بیچھو ٹورسٹ سنٹر گژھنہٕ خاطرٕ تتھ منٛز ژیلہٕ ژرٹ کٕرِتھ۔ ٹیکسی وائِلس کھوٚت شرارٕتھ مگر ووٚنُن نہٕ کیٛنٛہہ۔ بیٚلیہ تمۍ ٹیکسی سٹارٹ کرٕ۔ مےٚ ووٚنمس پننہِ کنہٕ سنزِ پأٹھۍ "بابا میٹر گوٚسے یون والُن مُشِتھ۔" میون یوٗنے یوت وٕنُن زِ تمۍ رٕکأو گاڑی۔ پانہٕ ڈراو نیبر تہٕ

ئُمٹز لکّے انداز ہیںکہ کرِیٹ ۔ پڑہسہ کا تھہ سوچہ پن ہننی آ ہہ زمیانہ مانہ مطلٹبک ہرتر کوناہ دڑاس ۔ خدا صائب ابیٹمہ آدم تہ ہُوا یادہ کرِیٹ ہینُن آسُن رُہٹہ کہور ۔ حیون مول موج ہیمت زندگی گوڈ بڑن بہ ــــ زلہ ملکہ کڈُن بار کھوٹ ۔ تہ یائے بنڈاو اُشناو بہم دُنیاو بیٹہوئڑ دوہ دوہ چہ کڈان ۔

زیہنہ برو تہمٹہ چھم ہینہ روزن جایہ ہُنڈیے ۔ کم سو خن دنہ تہ کم سفر گُنٹز راو ۔ کرِہ تہ واش کڈیٹہ بیہنس کامن تہ برِ نہ یے وا بہ شاہ ہینس ھاکہ ے

جائے تنگ است مردماں بسیار

## وَقِنَا رَبَّنَا عَذَابَ النَّار

مالکِ مکان کرایہ رٹمتس زیچہ نرِ آلہ وِنہ تہ شرُ مُڑنرِ زنگہ رو ستےُ کرایہ دڑن ہنڈہ بایسہ اُنڈرہ اُنڈری دست بر دعا ۔ اکہ ٹکانہ بیپچہ بیکیس ٹھکانس ڈیرڈکہ وانہ ناوُن یہنہ ہن چپیکیت بیپچہ ہینُ جنازہ ہیسہ اُمن تہ گیڈن زنتہ گل گُشتس نیرن ..... کنہ خلیمہ ہُنڈر کا تھہ نہ بیٹیمہ وُن سبین مکمل کرمہ بایسہ ۔ کامک آسنہ کرِناوِ "آہم ہے نہ اونختم کیا تہ ہیمہ ہیے تہ کھیا وِہم کیا" ہشالہ بیپچہ تابعدار پاٹھو عمل کرِمک پابند تہ پڑپچہ چھٹی دو ہہ کرِ سُلی ڑلینچ لاو تہ چھٹی دو ہہ پتہ افسر ہُشد ڑبرکو دفتر وانس بیپچہ زاگہ بیٹہنکُ بے زنتہ کُنہ بجہ ..... ڑوڑ بیپچہ رٹہ پینک کھٹنک ۔ کِیتہ پھرِ کرم دلہ اُنڈری کرِ او کر او زیا الہٰی یہ کمن گو نیبن ہُنڈ سزا چہ چائنس ناوس نمن گو پوڑمے ، پوز بنڈ ہشدس براندس نوّ مراوُن کنہ بیپچہ ۔ بیپچو وُلی نہ گئیہ پوڑمے مگر بیپڑ کا ڑاہ ۔ شاید گرِجھنہ کا تھہ گستاخی اگر بہ بقولِ شائیر دنہ ے

خدایَن زو ڈیتم پڑی کنو سعہ تہنٹر ے مہربانی چھم

دلے باقی یہ آسُن گو ڑہ سو ہینی جانفشانی چھم

اُکی لوہ کیٹو وزیر اعلاءُن کوّر کرسو ڑا وُان پلاٹ عطا نہ بیٹے بڈّو وزیر اعلا مدعٰی بن ڈیتنس کُنے پھیش زنتہ کا تھہ غلط اُجھرُ ادس اناڑی گی مُنز لیکھنہ

آمُت ۵

موٗمہٕ جوٗ بنیو ثواب، موٗمہٕ رٕوٗد تورٕ سی سۓ
اَتھ پرٚبیرٕ وَنِتہٕ جواب حپا وُستے جامِ جمۓ

جانداژن ہٕ کُنِہ لَتہٕ موٗ ژٕجہ گژھن، پیٚھٹھ سُہ بَنہٕ کاوو وہان ہٕ زنمتی ہٕنیزِ لچہٕ بُلی گَنٛڈِ تھُو دُمت بے جان موٗ لُل زٕمینہٕ گرٕ کنہٕ گژھن منز۔ دیوٗزِ مسلہٕ واتن ژانہہ اند تہٕ ساتین سفرَن لگہٕ ژھین۔ نہٕ چھُنہٕ بَنہٕ وُنے۔ زٕٹھ میٚٹھ تہٕ روز جاے، روٹی کپڑا اور مکان، زندگی کے تین نِشان، زٕٹھ میٚٹھ نیاے، اندے یوٗ پوٗز، ڈیرٕ وا ورٕوٗد پیٚنے۔ جانِ مَنس پیٚھٹھ آم۔ شہرٕ کہٕ شورٕ شرٕ کرٕ ہابَتہٕ دوتس گام ژلان ژلان۔ لوٚت نظرٕ نہٕ دِژہینہٕ۔ وٚنیچہ بزورٕ وأ تیھ لأ ئیم یا شاہ کرٕ ٹھ سمندرس وو ھٹھ۔ باکلہٕ ییہٕ باکلہٕ گژھہ۔ یُتھے یِتھے زٕمینہٕ ژٕ کُل روٗلم کو چھہٕ۔ جایہٕ پادر بنووسم۔ اَکھ اَکھ مرحلہٕ پوٗزٕ کرتو۔ ریٚتے کرٕ یٚر بتس اَٹہٕ۔ ٹکہ ہیڈان اورٕ تہٕ ییہٕ اَسان یورٕ۔ زأنی تو زٕ منز چھ بُزِتھ کیہہ دوہ دوہ کڈُن۔ گرٕ یُتھ چھلیتھ نیرون۔
دٕیان موٗرٕ دس وٕدان پہیٚتھ نہٕ بتس ووٕ دینہٕ سُتنہٕ ہوٗال گَنٛڈِتھ۔ تہٕ بَنہٕ چھہٕ سائنس مُلکِ ناپرسانس منز زنانہٕ رٕئیس دُیہٕ نہٕ وُنان۔ یِرٕ نیہٕ ہیلہٕ وَن نو تہٕ شہرَس بستی۔ گوٚ سہ زمانہٕ بٔیلہٕ گامہٕ اَنگن اَشناوَن رٕفہ چھیکھ ہیسیتھ نادِ یاوو کھلے اَسہٕ سرینگرٕ ہسان۔ گۓ تم دوہ بٔیلہٕ دوہ واوَن اسلام بادکس اَڈِس منز سوارین بَس اَس پِرادان، آیےیہٕ ہیٚے نکہٕ واژٕر بَس بٕرِتھ تہٕ درایے یہٕ، نے تہٕ دوہ ہیہٕ وادَن بَسیہٕ پرأ رِتھ تہٕ گرٕ واپس گژھن، سُبحہ الوند ترأ وِتھ کھوٕ بانہٕ اَکھس کیہ ہیسیتھ یِتھ نہٕ ژھینہٕ۔

قِسمتس میأنس اَندر سفرٕ سے سفرٕ۔ یہٕ چھُس از کل گامہٕ دوورٕ کہٕ شہرٕ بانہٕ ہیندہٕ پٔ ٹھی دوہ ہیٚش گامہٕ شہرٕ تہٕ شہرٕ گام کرِتھ زندگی ہُند بیٚنہ وونُ یوٗرکرانہٕ ژادرٕ گژ گژھہ نیاٗ نیار، تہٕ نہٕ پناہ۔ ووٗ گوٚ یہٕ صبرآز ما سفرٕ تہٕ نہٕ ہیعہٕ مارٕ ہُرٕ وٕراے اکھ ژرٕ گژھہ تیرٕ نہٕ ووٗ دینہٕ مُلزم سیندہٕ پٔ ٹھی اکہٕ سے زنگہٕ پیٚھٹھ رٕوٗزِتھ

پانس اَسہِ ناوُن۔ سیپٹ زٹنہٕ باپتھ شہر پیٹھ کرٕ نیبرٕن وز گوڈٕ پکُن، شمال مغربہ کُن گژھُن ہیچھِ تہٕ ادٕ جنوب مشرقس کُن نیبرُن۔ یٔتہٕ ہیٚے چالاکھ زنانہ سیپٹ اڈور لوڈس کھسیہ تنس شرم دار کورِ ہیٚنزِ پاٚٹھۍ جاے تراوٕنۍ۔ یہ یِنہ نیو کنتہ بوزِتھ تہٕ ز "تراوِ ہے کانٛہہ کونتراہ جاے۔ نیبر ہے کانٛہہ تہٕ کانٛہہ بیقلاہ۔ بٔڈۍ ووٚنۍ اَسو ہیٚے کروس اُسناہ کوسناہ تہٕ بناوِوس" گوڈٕ روٗدی یہ دوٚنۍ ژم دوٚہ تہٕ۔ زِ ژھرٕ کمشنر موکلیوو۔ زنانہ مرد زبرٕ تہٕ سب گوگُنے۔ بوزِ گوزی یہ اگر بہٕ زِ ژھرٕ کمشنر، زنانہٕ مرد حسن تہٕ عشق بیٚیس فتنہٕ بوزان گوس، تیٚلہ چھُ سِٹھا دوہ ہیٚے دوٚپنۍ روزُن تہٕ بیانہٕ مانشرِ کرِل دوجوڈک چھُ خدا سے ہے حافظ۔ بنٛد چھُ ..... یکسر...... کنیہ وزِ چھُ انسان تمہٕ باپتھ تہٕ سٹھاہے مجبور گژھان۔ زندگی چھےٚ شاہ منیچ کھسیہ وس۔ پوٗز مےٚ چھےٚ گاڈِ ہنز۔ کھسیہ وس، ابر۔ پنجرِ گژھ ہیس تہٕ کوچاپہ۔ نہ اُدھر نہ ادھر نہ کوٚنکہ پھلیہ منز۔ ژنڈہٕ ہاٚرِ ڈڈہ پیٹھ تہٕ نہ میو کالسن منز۔ دوٚننتیو پور ہیٚبرکنہ ژونٛٹھ باغن نکھہ یا اَبیہ کالسن منز مکانہ ڈارن نیشہ۔ اَکھ دِپان وِہراتر روٗد۔ زارکنڈن تہٕ مےٚ چھُ یہ پینٛژ دوٚہ ژم زونٹ داوس لاگتھ کنڈُن بیومُت۔ ہاراکنہ زینہ تہٕ زنانہٕ دسے نتہ تمہٕ بموزیٚو نمت آسہٕ، یا ژم یموٚ آپارِ منلکیچ ۶۵ سہ کس جنگس منز لقیہ اَذی منز شینک یپار ملکہ کین کھوٚکہ ہادیہ مو کھہ شہر اُذون یا نبرون گوٚل ویہ کُن لاگتھ آسہ تھوٚی منز۔

گاڈِ منز چھُ شفیعن کام ہدیہہ سفرس بیچھ لگُن۔ نتہ ہیٚے سیاستدان دانشور، ہیو کھہ کاکی، زگہ ڈڈی، شاعر، ادیب، عاشق، وندِ تہٕ زاہد پیٹھ آینہ کلہ ٹھاسن، خداے زچھین گاڈِ پن ہنٛد باپتھ وائی کلہ ٹھاسنہ نیشہ۔

بہٕ کیا ونوو پزیٚتھ کنٛہہ کاتھ چیز ونیشہ چھوٚل منےٚ وارِ کارِ اکھ۔ بکھ پیٹھ، فلم تہٕ ڈراما وٚچھنہ بیٚیستر تھیٹر ساری بنے یہ میون پتھ کال بن زینہ فکو باپتھ ساری ذری یہ تہٕ گیہ کال کھاتنس۔ ووس گوڈٕ تھوٚپ دِتھ کرٕ بانکہ نیبرن تہٕ ذانکہ اذن۔ گژھ بس لرِ تراونہٕ باپتھ تہٕ بلیہ تہٕ کیتھہ۔ روزِ چھےٚ تمہ کیہ

انگن اُنشاوَن ہیٚنٛدی ہِم وِہِم نیا ے بوزنی تہٕ تیمَن ہُنٛد ووہ پاے کرنکو سَنز کرٕنی۔ نےٚ تہٕ تِم تورکُن تہٕ بہٕ یورکُن۔ یہ داگِی کانگر بوزِتھ اسو تیٚہُنٛد بور کأمتی۔ خدا گواہ! بہٕ نےٚ بیٚ الہ اٚنٛدرِک اَکھ واقہٕ بوزناوو۔ یُس نَو ہیٚہ زیرکی تہٕ سادگی، دوٚشوٕنی صنوٕرژن منٛز اَسہِ ناوِ وِہٕ تہٕ شاید وونہِ تیٚہنٛدِس دِلس منٛز تہٕ بچارِس سردار صٲبس سِیٹھہٕ میٲنی پأٹھی ہمدردی ہُنٛد بےکار جذبہٕ۔

بَسہِ آسہِ سوارِ ژیٚلی ژیٚلی بَرِتھ۔ گاڑِ ہُنٛد سردار کنڈکٹر صٲب رُوٗد تو تہٕ سوارِ تُلان۔ دوٚن ژٕن نوجوان مینٛگہ ژرکرِن رُوٗدِ تہٕ پانس تام تہٕ کرٕ یِکھ لأریتھ ووٚنہَس۔

"ہو! ژھوٚوِ سِکاہ! تھوٚوٗ تاووٚنی۔ منانٛتُل تہٕ سوارِ بیٚتھ ہاگرِ دم زبرٕ۔

"تمیٚز ے چھُسہٕ! لیکہٕ چھُس کڈان"۔

"اَسہِ کھوسہِ سأ لیکھ ژأرِہے، اَتُل سأ آوَن"۔

"توسہِ ژٲروُس نالیکھ؟ بیٚیہِ کرٲن رعب، اُسی چھس نہٕ رعب دوب مانان"۔ سردار صٲب ووٚنُھکھ یورِ سوارِن تاہیہٕ تاہیہ تھوٚوان۔

"اَسہِ کھوسہِ سأ لیکھ ژٲرِہے، اَسہِ کیٛا سأ ووٚنِسٕ؟

"سردار صٲبس آو جیرِ تہٕ یاد پوونکھ، یکواس چھُس کران۔ توہہ ووٚنُووس نا"۔ ژھوٚوِ سِکاہ۔

بیٚیہِ دوہہ ہیٚہ تہٕ اوس گاڑِ حدٕ کھوتہٕ زیادٕ اوٚور لوڈ۔ اَکِس سٹاپس پیٚٹھ کھڑٕ اَکھ ڈیڈ صٲباہ، پرانہِ پیٚنٛزٕ ہیٚنٛز گاڑِ۔ مجبوری تہٕ بیٚہہ۔ سأری سے سوارِ گاڑِ ترأوِن آرِ کرٕ نظراہ ژھوٚو بیٚتھ ناکاتہ نوجواناہ میانہِ بانٛیتھ تھوٚوٗد۔ پوٚز کیٚنہٕ اَکس شائستہٕ تہٕ سادِ منوش سردار جیٚس آو غاررٕتھ۔ سیٹہِ پیٚٹھ ووٚتھ تھوٚوٗد تہٕ ژأوُنس یہِ وُنِتھ جاے" وول سأ بڈِ موجا بیٚہہ سأ سیٹس پیٚٹھ۔ سأری گیٚیہِ سردار صٲبنٛزِ شرافتھ وُچھتھ حأرٕ نن۔ ڈیڈ صٲب بیٚلہ سیٹس پیٚٹھ بیٚہتھ۔ ڈَم سِندا اَرِتھ وُژھِ بَڈِ ہٲتیہِ سوارِن کُن۔ وُچھو باکأشیہ تہٕ مَردِس، ماجہ، بیٚنیہ وا اُلس ما آو غاررٕتھ۔

خدایہ دی تَن اُحِ پیسے "زٕ وپیکس" آے بیٚمو منٛے جایہ تراوٕ. نَتہٕ گژھہ ہیم
شہر تام قیامت. سردار صاعبن یوٗز یہ سورُے بوٗزتھ نہٕ کینٛہہ. زہر گرٛقہ ہیٚتھ
وولُس رسے گیہگہ یوٗن. بلکہ بوٗن کرُٛن ژھینیتھ اوس اصلی مُلزِم آسنس پیٚٹھ
پشیمان. اگر زِندگی اُس باقی ہَن بنیہ کٕہ ساعتہ. فی الحال چھُس بہٕ خانخاہ اول پیٚرتھ
پانس پکھہ ژٕژٕتھ پشیمان. طالبانِ زن صاحبن چھُ میون نیک مشورٕ حکیم
حبیب اللہ صاعب بنہٕ زیٚو یوٗ تٕ ژٕ زٕ

با طالبانِ زن این ماجرا بگوے حبیب
کہ پشیمانم بہ پیری "وُنہٕ تہٕ چھُو آدن"

بشیر اختر

# ترٛےٚ مِنٹی افسانہٕ

(١)

میرون بلیزرٕ کۍ کوٹھ۔ چِٹہٕ سفید قمیصنہٕ کالرَس تیٚہِ تیٚہِ کرٛوٚنہٕ نیک ٹٲیہٕ۔ عاٹھن ترٛٲٹھن اُسی تِمَو باسان بابہٕ کِنٛژھ ہیٚو۔ شاید اُسی تِمَو تھدِ بن سکولن منٛز پرٛاکھ بیٚیہٕ دِیان نصابی تعلیمہ علاوٕ عام معلوماتَن ہنٛزٕ خاص ٹریننگ پژھے دِتہٕ لوان۔ چُنانچہ بیٚیلہٕ کوئیز ماسٹرن (Quiz Master) تِمَو دٕیے اکھٕ اکھٕ سوال کوٚر۔

"تس خوبصورت زنانہِ ہُنٛد ناو دِیو، یَمہٕ سٕنٛدِ باپتھ دوٚن بڈٕین مُلکن دۍ دادِ جنگ چلان روٗد"

لڑکن دیُت فورن جواب۔

"ہیلن آف ٹرائے"

ویری گُڈ کران پرٛژھہ ماسٹرن دوٚیمس لڑکس۔

"تس بہادر سپاہ سالارٕ سٕنٛد ناو دِیو یُس مُلکِ فرانسس اندر عظیم جنگ لوٚڑ"

"نیپولین بوناپارٹ"

اَمہٕ پتہٕ بیٚیلہٕ کوئیز ماسٹرن ژٔیِمہ پرٛژھن پہ اخری سوال دوہراو۔

"ساتہِ شہرِ سرینگرٕک بڈٕشاہ برج یا بڈٕشاہ کدل کَمۍ کرنوو تعمیر"

لڑکو دِژ ژھیٚنھ۔ ہُنا کوٚرکھ سوچ تہٕ وَٹھو یک زبان۔

"زین العابدین بڈٕشاہ صاٮ۪بن"

●

(۲)

تیمن دوہن اوس سرکارس خلاف اَجی ٹیشن چلان۔ ژوٕن نفرن اُس یکہ وٹہ پکنس پابندی۔ قونوٗنکو محافظ ہیتہٕ وادہ پلسہ وٲلی اُسہ باصلاح پٲٹھو سڑکہ گلین پیٹھ تعینات۔

اُتھی اندر گےٚ کٲم زٕ مری چپراسی دٔرا دلوٹہ ہیتھ گرٕ۔ اَمیفتہ زٕ گوٚرِس ہیمہ زامُت دوٚد دیو بتہٕ ہیوٗنڈ کھیتھ نیبر دارٕ کارٕ دفتر۔

سری بیبلہ سڑکہ پیٹھ ووت۔ سُہ زن پیو اسمانہٕ۔ لوٗکہ ہیوٗ جوٗما اکھ غنی پیچ بنس وانس پٮ۪ ڈیٖو زیتہ کٔنڈ ٹو ژھر تام الونڈ۔ اَکہ پاسہ پابندی تہٕ دوٚیمہ پاسہ یوت جمگٹھ۔ سریس بیٹھ کوٚ ٹھین لوٚرِ ژٕنڈ۔ پیٹھ زِچور گئے۔ تیوٗ تاہ شریف۔ بیرس زن روٗدُے نہٕ پانس تام تہٕ ووت دکہ ڈک کران پیچ وانس پژہ تہہ کٔن۔

جوانا اکھ اوس بٔڈ وُلٹہ پٲٹھو رِ ڈیوٗٹ۔ پیٹھ ٹیچ تہٕ شیٹھ۔ سُہ کران تکرار۔ تو پتہٕ لیکہ لیکھ۔ یوٗ تام وٲتھ حالتھ زٕ دوٚ شوٗرے تنجہ شترا کہٕ۔

شورس منز آو نہٕ بوزنے زٕ کپارِ لُج چھانگ۔ کپارِ آو پلسہٕ نہٕ کس کس دژکھ ٹھیچھ۔

سریس کرکھ کوم۔ سُہ تلکھ کھوٚنہ تہٕ دژو بچہ کرِتھ تروٗکھ گگر ژھلس منز۔

ٹھانس منز وٲتھ بیبلہ منھٹ مندارٕ گوس۔ سری بچیوٗر حیسہ۔

تیمو موٚرہ گُل۔ لبلہٕ وٲنی کرِتن تہٕ ووٗتھ پانس کُن۔

"ہنا سیریہ۔ زامتس دو دس ہے دٔرا کھ۔ اور کنتھ باتپالہ اوسے لگن۔"

(۳)

مسلہ اوس نوزُک تہٕ سارِی اَسِی اَثر راوِتھ بیہتھٕ منٛتو۔ چنانچہ ییٚلہِ سرٛکن

تہٕ کوچَن گلِین پیٹھ ژھِو واپارِی بٔزرگ لُکو نام اَکھ اَکِس ناسزا پرٛنی ہیٚتی۔ اَکی فرقن

کوٚڈ فرمان ییمِن اَسی عرفِ عامس منٛز کوٹھٕ وَنان چھِ۔

" اہلِ اسلامس ووت تَتنہٕ ییلہ بَڈ آمین کران۔ ییٚلہِ وُنہٕ اسلام مکہٕ مدین ہیے

اَندر اوس"۔

یہ فرمان ییٚلہِ دوٚیمہ فرقہٕ کیو لُکو بوٗز۔ تِمَن کھوٚت اشتعال۔ اشتعال

کھٔسِتھ چھاپٕوِکھ پوسٹرٕ تہٕ دِتِکھ اخبارَن۔

" اہلِ اعتقادَن پَزِ پرِتھ نِمازِ اَندر لوٚتہٕ ' آمین ' کرُن۔ لُکن چھُ ییٚلِہ

اکہِ لیٖڈ تشبیہہ پوان کرنہٕ زِ تِم روٗزِن شر پسندن نِشہِ خبردار "۔

بڈین موٚہنو ہنٛدِ ہرادلہٕ بدٕل بیان بوٗزِتھ گوس بہٕ خبر کٔشِتھ۔ چنانچہ دراس

بہٕ پانٕے تہٕ خوٚد خدایس کوٚرُم سوال۔

" خدا صاحبا۔ ژٕ چھُکھا بَڈ بوزان آمین رکنہٕ لوتہٕ؟"

میون سوال بوٗزِتھ گوشہ ہے بُنگ۔ نہ ووٚنُن اَکھ تہٕ نہ زٕ




# کِتاب اُلبکبک

## اَکھ ناجائِز جائِز

کتاب اُلبکبک چھےٚ ساٚنی جدی بوٗدی اَبجدی نابودی تہٕ امجدی موروٗثی کِتاب۔ اَتھ منٛز چھہٕ بکواس خاندانکو حرکات وسکنات، وہیات' ذُرکہٕ ذُری یات سلسِلہ وار درٕج۔ اَمیُک مواد چھُ نثری کیو نظمی تہٕ کُنہٕ کُنہٕ کنکریٹہٕ ریختہ ہیوٚہ۔ رسمِ خط چھُس پرٛوٚن فارسی یَکفَن چھُ نہٕ کانٛہہ ترتیب۔ توٚے چھینہٕ اَتھ صفحٕ نمبر دِنہٕ آمتی۔ کینٛہہ اوراق چھہٕ کوٚکرٕ مُسلس ہیچھٕ۔ واراہ کینٛہہ چھُ مُکرٕ بُرس پیٚچھِ لیکھنہٕ آمُت۔ زیادٕ تر حِصہٕ چھُ موٚہرٕ دِیٚتھ کاٚتٕرس کاغذس پیٚچھِ۔ کینٛہہ ابتدائی وَرق چھہٕ چیٖنی کاغذس پیٚچھِ۔ اَتھ چھُ حاشیَس منٛز درٕج زِ یہٕ کاغذ اوس ہیوٚن ساٚنگن پانس ستہٕ کشیرِ اوٚنمُت۔ بیٚیِس بیٚینہٕ ژوٚرکینہٕ تیٖمی ہکیہٕ منٛز چھہٕ کینٛہہ اوراق اَسہٕ ہکیہٕ ہُھوٚسہٕ لاریمتی۔ اَسہٕ چھُ دلوان خانہٕ کِس تالوٚس پیٚچھِ اَکھ پنٛنہٕ لیکھِتھ یَتھ پیٚچھِ یہٕ چھُ دَرٕج زِ سائنس کُتب خانَس منٛز کم کم قلمی نوسخہٕ جات چھہٕ اُسمتی۔ قلمی نوسخَن منٛز چھہٕ موروٗثی حکیمی نوسخہ جات تہٕ۔ ڈاکٹرٕ گریرسنٕ مۍ اَکھ ڈاکٹری نوسخہٕ تہٕ چھُ' بُس تِموٚ یِمنہٕ اَکھ چھُ لیوٗکھمُت' بیٚیِس سائنس اَکِس جَدَس تِموٚ یلاج کوٚرمُت چھُ۔ تِتھ بدل چھُ اَسہٕ تِمَن تہٕ سوٗرُسے مواد فراہم کوٚرمُت یُس تِموٚ پنٛنہٕ تحقیقی کامہٕ منٛز ورتوومُت چھُ۔ ڈاکٹر سٹیسنہٕ چھہٕ ترٛاٚلے نوسخہٕ مگر

یِمَن چھِ شُرٕ کیاپَن ہِنٛدؠ سٹیِن (Stain) پیٚمٕتؠ۔ یُس کھوٚیہاکی پوٚسہٕ پوٚتٕن ہیٚچھ تحقیق کرٕمژ چھےٚ۔ تِمَن کیٚنہہ وَرق چھِ اَسہِ نِش محفوٗظ تہٕ پوٚتہٕ یٚیتہٕ یِم تہٕ لیکھان لیکھان تژایان اٚسۍ۔

سائِنس اَکہ موروٗثی کُتب خانس منٛز چھِ سیٚٹھا قدیم عظیم عظیمۍ تہٕ فہیم قلمی نُسخہٕ اٚسمٕتۍ۔ اَمہِ برٛونٛہہ زِ بہٕ کرٕ تِہُنٛد ذکر یہِ چھُ ضروری زِ بہٕ وَنہٕ سرسری پٲٹھۍ تِمہِ اِبتدٲئی بکوٲسۍ نرمُژی ہِنٛدؠ کیٚنہہ حالاتھ۔ کتاب الیکیکس منٛز چھُ تعارف کران سون اَکھ جُداہ ذکر کران زِ تِہنٛدؠ جَد چھِ گُلی تہٕ زٕرۍ اٚسۍ مٕتۍ۔ تِم اٚسۍ مجق "داوِلُن" منٛزٕ ہے یِنُن اظہار کران۔ تِمہِ یِتیٚچ پُے اٚس کنسونینٹس (consonants) منٛز بوٗلی کران یوٚسہٕ اکثر کھٕنکھِ آواز اٚس آسان۔ یِژر چھُ زِ یِم اٚسۍ کھٕنکھہٕ کیٚس اوسمُت چھُکھ سَخ۔ یِتہٕ اٚسکھ وَنان گنگہٕ نِسۍ۔ یِہٕنٛزِ ذرٕ یات چھےٚ تبتس منٛز پھٕہلیمژ۔ یِمَن یِتہٕ آیہٕ سائے" صاحب یِہٕنٛدؠ اکثر ناو اٚسۍ آس۔ اِس۔ اُس۔ یِموٚ منٛز ڈرٛایہِ یَس۔ یَس تہٕ یُس۔ یِموٚ ہے منٛزٕ ڈرٛاد چھیکرِس سون مُکمل جَد۔ تَس اوس ناو آس صاحب۔ آس صاحبس ڈرٛایہِ کیٚنہہ پیٚبرِ تِم آیہٕ آس آس وَنان ننگ تہٕ آ اچھُر نیٚنٛگکھ بوٚنہٕ وُٹھتھ تہٕ بنوٗ ہس "ماس"۔ مگر یِمَن آدِ وقتہٕ زِ ماسہِ اوس یِمَن ماجہٕ ماس تہٕ مردس نرماس وَنُن پیٚوان۔ یِم اٚسۍ زِ یِمَن لوکھ اٚسکھ نوٚن چھکان۔ یِموٚ مِلہٕ نوو یہِ نوٚن یِتہٕ یِن ناوَن سینٛہ۔ تہٕ بنے یہٕ "ناس"۔ یِمَن یِم ناوَن، یِم پیٚٹھ نکہ وارِن ناس بَرنہٕ۔ زِ ناتہٕ آسہِ ڈنٛدن ناس کران۔ اٚخر ڈرٛایکھ ریشہ۔ ناستہٕ خان، شُرِن تہٕ ڈرٛایکھ ریشہ، اُستخوان، دستارخان بیتر۔ اٚخر گوٚر کھ فٲصلہ نوٚکن قِصاص ہیٚون۔ اوٚت تام اٚسۍ یِم علاقکو دائلدار بنیمتۍ۔ لِہاز اَگےٚ یِم مشور قِصاص صاحب۔ اَمہِ پتہٕ چلیوٚ سانہٕ خاندانُک صٔحی سِلسلہ وار حسبہٕ نسب۔

میٚے کوٚر ذِکر زِ سائنِس موروٗثی کتب خانس منٛز چھِ سیٚٹھا قدیم مُسوٗدٕ

ٲسیمتو۔ اَکھ مُسوَدٕ چھُ اوسمُت یَتھ منٛز تمام لیکھ سعو نَبرَن ٲس۔ اَز آدم تا ایٚن دم، یمہٕ ٹُکن ہُنٛدِ زبانِ مُبارکہ دٕرامژٕ چھےٚ۔ بٮ۪یہٕ تِمہٕ تخلیقی لیکھ یمہٕ سانٮ۪و اسلافو پننٮ۪ن زَمانن ژارِ مَژ چھےٚ آسہٕ اَتھ منٛز سلسلہ وار درج۔ غلط لیکھ چھےٚ صحی کرنہٕ آمژٕ۔ اَکھ یتھٕ لیکھ بیٚیس ژٲرمژ چھےٚ واپس ٲنتھ وارٕ وُنہٕ لاگنہٕ آمژٕ۔ سأرنس مورٕ وٕٹی دیوان قانس منٛز آسہٕ نادر لیکھ "خط لیکھ" خطس منٛز لیکھتھ دیوارَن اوٚیزان آسان۔ اکثر یم خطاطی ہٕنٛدی نادر نموٗنہٕ چھہ نایاب گمٕتی۔ تِتھ چھُ یہ وجہ زِ سأنی لیکن ہٕنٛدی جدِ امجد یم ابجدس منٛز لیکھ تہٕ ٲسی ژاران۔ تِہنٛدی برادرِ اصغر بیٚیلہٕ لیکھ ٲسی زٮ۪و کڈان۔ سعہ ٲس چھپیار تٕنتھ دیوارَن کھسان۔ یِتھو وٕ نے چھپیارو چھہ اکثر یم خطاطی ہٕنٛدی نموٗنہٕ تباہ بوٚر باد کٕرِتھ ژٲپی ژٲپی ژرٲوی متی۔ برادرِ اکبر ٲسی Solid لیکھ ژاران۔ تِمو چھہ یم Solid لیکو سنٛز دار اہ کٕکھ شہید کرٕنی متی۔

بیاکھ مُسوَدٕ چھُ اوسمُت یَتھ منٛز شہر سرینگر چِن تمام کنٛڈٕ نالین ہُنٛد محلِ وقوع زیچھر، کھجر، سنبر تہٕ ناو درج ٲسی۔ نالو چھےٚ سانہٕ تِہنٛدٕ ہیچ اَکھ قدیم پارٕ زان۔ سأنِس محلس منٛز چھےٚ وُنہٕ اَکھ آثار قدیمہ نالو حالے حیات پننٮ۪ن حرکات وسکنات لیتھٕ کھو کھشیہ قائم تھوٚوِتھ۔ اَلبتہ بزبانِ حال چھےٚ بَرٕ کیہ یتھ سأنی کنٛڈگی ڈٕچھینو کھوٚوِرٕ چھکراوان۔ نالہٕ تہٕ کنٛڈگی چھُ اَزلی رِشتہ۔ یتھے کنٛو چھُ کنٛڈگی تہٕ انسانَن تہٕ اَزلی رِشتہ۔ اَز چھُ کأشر اوسودٕ حالی بنیومُت کُتُل کھیوان تہٕ کُتُل چھران۔ مگر نالی کنتہٕ اَنہٕ وٕمپن بانہٕ۔ تِتھ چھُ سُرٕ کٕ بیٚیٹھو سیلاب یوان۔ یہ گونہٕ گنہٕ کار بلکہ گوٗ کنٛڈہٕ کار۔

بیاکھ نوسخہٕ چھُ اوسمُت کنٛڈٕ ذأژن پیٚٹھ۔ عام کنٛڈن علاوٕ چھُ اَتھ منٛز یمن کنٛڈن ہُنٛد تفسیر یم کنٛڈٕ شکلہٕ چھینہٕ، مگر کنٛڈٕ خصلتھ چھکھ۔ مثالے

مُجہ کُنٛڈؠ، تیٖر کُنٛڈؠ، ہیٚترین ہِنٛدؠ کُنٛڈؠ تہٕ بیٚیہ تیٖر مژگانن ہِنٛدؠ کُنٛڈؠ۔ کُنٛڈؠ علاقہٕ کیٚن کُنٛڈین ہیٚچھ اوس اَکھ اَلگ باب لیٚکھنہٕ آمُت۔

مسوٗدٕ علاوٕ چھہِ نماگی کاغذن ہیٚچھ تِمہٕ تمام فضیحتہٕ خوشخط لیکھتھ، یِمہٕ وِزِ وِزِ لوکن کیوٗ گٔرِ کیٚن بٲژن تہٕ خاص کٔرِتھ نوکرن کرنہٕ آمژ چھےٚ۔ یِیلہٕ یِمن فضیحتن انسان بٔران چھُ۔ غش غش کران چھُ غش کھیوان۔ حیسہِ یِیتھ چھُ وَنان زِ اَزکِچ نِکیٚحتہٕ کٔمہٕ نہٕ چھےٚ یِمہٕ فضیحتہٕ سایس درجہ بہتر۔ تیٚیلہٕ اُسہٕ اکھ فضیحتہ اُچھن ہیٚتھان۔ اَز چھہِ نصیحتہٕ ژوہ تہٕ وتھرٲوِتھ ژٲوان۔

کتاب البکتکس چھہِ ترٛٲیلے نقل اُسہِ منٛز۔ اَمیُک پےٚ چھہِ تم مقالہٕ دوان، یِم وِزِ وِزِ مختلف رسالن کیوٗ اخبارن منٛز چھپیمتۍ چھہِ۔ سنہ ۱۹۴۷ ہُن رٔتس منٛز چھہِ اخبارِ مشتنڈس منٛز پنڈت کاشُپ صاحبن اَکھ بوٚڑ مضمون لیوٗکھمُت تم چھہِ لیکھان زِ یہِ مسوٗدٕ چھُ تِہنٛدِس ذٲتی کتب خانس منٛز۔ حقیقت چھےٚ یہِ زِ سانیو اسلافو منٛزٕ اَکھ نوجوانن یَس ناو اوس ژاس صاحب چھےٚ کاشُپ صٲبن تارمیژ۔ یَس چھنہٕ ژاس تہٕ چھوٚر۔ اصلہٕ بدل چھُنس نقیل ہیٚچھِس منٛزِتھ تھوو۔ یہِ کتھ چھےٚ یِمن دوٚن ہُنٛز یِیلہٕ کاشُپ صاحب محافظ خانہٕ کِس وانس منٛز وانٛجٕ وٲرِ اُسہٕ تہٕ چھپیکرس بنےٚ یہِ آمہٕ وانٛکو Land Lord۔ یِم نِنے دوٚن چھُ یِموٚ یہِ نقلی مسوٗدٕ مُجہ معلوٗم ہیوٗ تمُت۔ سٲنۍ یِم ژاس صاحب اُسہِ نیتھ کرِتھ چھیتھ چھیتھ ژاس کران۔ اَدے اَدُسکھ ژاس ناو کرنہٕ آمُت۔ ژوٗر کرٲنۍ اُس تہنٛز ۱۹۵۰ پیٚ

اخبارِ مشتنڈس منٛز چھہِ یِم لیکھان:

"کشمیر میں شدید حادثہ کے کارن لوگ کم سے کم جگہ میں سمٹ کر بیٹھتے ہیں۔ اسی حادثے کے کارن کتاب البکتکس کے حروف ایک دوسرے میں سمٹ کر چمٹ گئے ہیں۔ اس چمٹن اور چمٹن کو الگ الگ کرنے کے لئے میں جون مہینے میں

راجستھان کے علاقہ بیکانیر کے ریگستان میں چلا گیا۔ وہاں پورے ایک مہینے دھوپ میں خود بیٹھکر اکھشروں کو الگ الگ کیا۔ میں حیران ہوا جب میں نے دیکھا کہ کتاب ابیکیک کے حروف دراصل کُتا بلی یک بہ یک ہیں۔ مجھے یقین ہے کہ آپ بھی حیران ہوئے ہوں گے۔"

کِتاب لفظَس منٛز کیتاؔ 'ت' تہٕ 'ب' دوشوٕن حرفن پانہٕ وٲنۍ طلاق دِتھ زلورؔاوٕک کاوشیچہ صاحبن یِمن کُتابکہٕ ہٕن تہٕ بیچ بلۍ زٕستانہٕ ہٕن۔ البتہٕ چھُنہٕ فکرِ ترٛان زِ آخرس پیٹھٕ یِتھ حرفُس 'س' اوس شہ کوٚت گیاو۔ شاید آسہٕ کھشہٕ تِمہٕ سیٹکِہ منٛز روٗمِتۍ لفظِ "بکھر" پیٹھٕ چھہ پیٹھٕ کیٚنۍ پٔنٕنۍ بکھر کران۔

" بکھرا کھشر دراصل ہندی کا بگڑا ہوا اکھشر بکھیڑا ہے۔ یہ بکھیڑا لفظ پنجاب سے پکھیرا بن کر اُڑتا ہوا کشمیر پہنچا۔ اُڑتے اُڑتے اس میں سے نقطے گرتے گئے۔ بڑی مشکل سے ایک نقطہ "پ" حرف کے نیچے 'ب' بنکر اَڑا رہا۔ یوں لفظ بکھڑا رہ گیا۔ جب یہ لفظ کمراز میں رہا تو صرف 'ڑ' اڑا رہا۔ پھر کمراز علاقے میں ایک شدید سیلاب آیا اور یہ لفظ 'بکھڑا' بہتے بہتے مراز پہنچا۔ وہاں جھیل وُلر میں ایک دن یہ سنگھاڑوں میں اُلجھا ہوا پایا گیا۔ اس کا 'ڑ' حرف رگڑتے رگڑتے 'ر' حرف رہ گیا تھا اور یوں لفظ بکھڑا، بکھرا بن گیا۔"

پانٕہ وُچھو زِ کاوشُپ صاحبُن یہ شاہ بکھر پیٹھہٕ کرٕنۍ اُردوٕ ہس منٛز ووٚن وُچھتو ماہرِ لسانیات 'ی' کے جنگجو صاحب کم لسانیاتی جنگ چھہ کران۔ اَمہ جنگکِہ ہندی روٗپک عأن تہٕ غأن کأنٛتر ترجمہ چھُ میٚٚے شٕشی کھکھرتو شأنۍ صاحبُس اَتھہٕ کرنووٕمُت۔

" میٚے ہیٚسہ چھُ پونا اکس لائبریری منٛز کتاب ابیکیک مُسودٕ وُچھمُت۔ یُس شارو الیہی منٛز چھُ۔ تمہٕ مُسودٕس چھُ ناو "خطاب ایک اکیس"۔ خطاب لفظ چھُ

فارسی یُس خوٗطیہ لفظہٕ منٛز چھُ دٕرامُت۔ خطاب تہٕ کِتاب دوٚن لفظن منٛز ملہٕ وُن چھےٚ قوطب لفظ بنان۔ چونکہ شاردا لیپی منٛز چھُ 'ق' 'کٕ' لیکھنہٕ یوان۔ 'او' آواز چھےٚ 'اَ' تہٕ 'اُ' آوازن درمیان۔ لہٰذا اگر چہ یہ یا تہٕ کُتب آسُن نتہٕ کاتِب یا کاتِب گوٚ کتابت کرن ووَل۔ تۆہہ مُند ناو ہیکہِ گوڑٕ یہ مسودس یہ آسہِ اُخرس پیٹھ۔ دوٚن روٗد یتہٕ کُتب۔ یہ چھُ کتاب لفظُک جمع۔ لہٰذا چھُ کتاب لفظ صحیح، مگر کأ آواز چھےٚ کأشرس منٛز کھأ آواز بنان۔ لہٰذا اگر چہ یہ کھتاب آسُن لیپی چونکہ چھےٚ اَتھ مسودس شاردا، لہٰذا چھُنہٕ کأنہہ کھأ لیکھنس منٛز کینہہ پلہٕ پیوان۔ یوٗہے لفظ فارسی رسمِ خطس منٛز لیکھنہٕ چھُ 'خطاب' بنان، دوٚن روٗدٕ اَیک اَیک۔ 'اَ' آواز چھےٚ کأشرس منٛز 'وہ' بنان۔ 'باٗ' آواز تہٕ چھےٚ 'واٗ' آواز بنان۔ تِتھٕ چھُ لفظ بنان 'ووک ووک'۔ یہ گیہٕ لیکھ۔ لیکھ آسہٕ کتابہٕ ناو۔ یہ چھُ یِزر زٕ اتھ مسودس منٛز چھےٚ واراہ لیکہٕ تہٕ لیکھتھ۔ میانی کِنہٕ گژھہِ یہ لفظ واک آسُن۔ لہٰذا چھُ کتابہٕ ہُند ناو 'کتاب الواکیہ' صحیح۔ یہ چھُ یہِ کتھ تہٕ ظاہر کران زِ کیتھہٕ پأٹھۍ چھےٚ کشیر منٛز اسلامس تہٕ ہندیہو دھرمس ملہٕ وَن گمژٕ۔"

"بکھر" لفظس پیٹھ چھ لیکھان:

"دیرشارن منٛز غوطہٕ غوطہٕ کران تہٕ تۆہہٕ پتہٕ یِروٕ سِتھ وتس بہٕ یتھ نتیجس پیٹھ زِ "بکھر" لفظس منٛز یُس "اِ" کھأ حرفس سِتی لگتھ واتھ تھوٗوتھ چھُ، چھےٚ "ماترا"۔ کھر لفظ الگ کڈتھ چھُ ہاوان۔ کھرٕ وُسُن۔ بأ چھُ واٗ بنان۔ لہٰذا ابنیو لفظ "وکھر"۔ کھأ آواز چھےٚ سنسکرتس منٛز کأ جمع کأ بنان۔ زِ کأ چھِ اَکے کأ آواز بنان۔ بنیو لفظ تِتھٕ وکر۔ یُس صحیح لفظ چھُ۔ یہ چھُ سانہٕ جیومیٹری منٛز استعمال سپدان۔ سرکہ یہ وکرٕ آسُن۔ ویسے گو جیومیٹری حسابہٕ Diagonal۔ چونکہ اتھ مسودس تمام "بکھر" چھےٚ لرٕ لرٕ لیکھتھ یا پیمرٕ آسُن چھُ ہاوتھ دوان زِ

وِکر لفظ چھُ بِلکُل صحیح۔

تۄہیہِ آسہِ فِکرِ تورٕمُت پانٕنے زٕلسٲئنیاتی جنگس منز کوسہٕ وِکر واتج جنگجو صٲبن سانہٕ شُرۄژٕ تہٕ شُرٛوژ بکھٕر۔

ماہرِ اسلامیات جناب "شہید الزکی صاب چھہ گنہار" رسالہٕ کیس دۄیمس شُمارس منز یِتھہٕ کٔنی نٕکھ واتناوان۔۔۔

"بکھٕر" لفظ چھُ "زید بکر علامتو منز" "بکر" لفظ' جنسیات سِلسِلس منز چھِ زید تہٕ بکرٕ نہ بہلہٕ پایکو جن اُسمِتی۔ جِنسَس کوجِن بیٖٹھوٚن محاورٕ چھُ ہموے جنو منز ژرامُت۔ کٲشُر مِن لوٗکہٕ کتھن منز چھِ جِنسَس دِیو وَنان۔ دَراصل چھُ یہٕ شہر سرینگرکیو اَدبی دِیوٕ جن لفظَس دِیو بنوومُت۔ اُسی دِہاتی اَدیب اُسی ہموٚ دِیوٕ پننین تخلیقی پیٖرٕ ین گیٹس پیٹھ دَربان تھوٚوی متھ۔ اُسہٕ اُسی ڈوٚ ڈِکا متھ۔ لیٖہازا ڈوٚ ڈوٗری بڑوٗ تہہ کوٚر اُسہٕ پانٕنے دِہاتی اَدیبو فاصلہٕ زٕ اُسی کرٕو۔ ہمَن دِیوٚن یینہٕ ینو بٔڑے اَدب کارنامو سپنتو باچھہٕ۔ نمائی کا چھہٕ بناوِتھ ترٛاوِتھ کہ چُھنڈس تہٕ چموکھ نموک۔ کتاب اُلبیک ناو چھُ دَراصل "کتاب اَلبیک" بکوٚ اُسی خاندانکو اجداد چھہٕ پانژٕ اَلی اُسی متھ۔ اَوے چھے اَتھ مُسوَدس منز کاوٚن ہیٚنز ذِکر۔ یِتھ گٕگر میٚنگنہٕ آکھو کاو لفظس گاو بنوومُت چھُ۔ مٔے چھُ بکواس صٲبُن اِحترام۔ تِمَن سپنتی چھُس اکثر بکواس کران۔ تِہہِنٛد وَنُن چھُ زٕ "بیٖلہٕ ہیون سانگ" ہٕوٚنی ہینگس ترٛان اوس تِمُہ دِیُت تِہُنٛد رِکامہٕ تھٕکھ یِہُنٛدین اجدادَن ہِنٛدِ۔ تِتی چھُ تِمو اُمِس چھینی کاغذ ژوٚرٕ نیوٗمُت۔ تِم اجداد اُسی فارسی عربی زانان۔ تِم اُسی اِسلٲمی دائیرٕ کی مرکز۔ لیٖہازا بیٖلہٕ ہیون سانگن وٕنِکھ زٕ تِوہی ہیو مٔے سپنتو کٔشیرِ تِمو کوٚر لبیک۔ تِم اُسی پٔرہٕ ہتا کٔنہٕ کتھِ پیٹھ لبیک لبیک کران۔ اَوے چھُ اَتھ کِتابہٕ ناو کتاب البیک۔

پٔزر چھُ زٕ بکھٕ اُسی چھہٕ اُسی متھ پوگل پٔرسانکو تصرف در۔ وَقتَن اوٚ نِکھ پوگ

واتِھ شہر سرینگر۔ حسبِ معمول آیہ تمن ملیچہ مرِ جایہِ دِنہٕ۔ یہِ جایہِ اُس مخصوص ملیچھن ہِنٛد بابتھ۔

یِیٚلہٕ اَسہِ یہِ خبر سُنٛز مقالہ پوٚر۔ اَسہِ کوٚر تا کیٚنٛد لطحن کیو لطحن زِتم آسن پییک پییک بولینہٕ بدلہٕ لبیک لبیک کران۔ پتہٕ رُودی شہری دِہاتی مسلہٕ تہٕ اَتھ رود لوکو پانٕنی۔ تمن بنیہ یہِ دیار ریتہِ چھہِ کھسان دِہاتن بنگلہ بناوِنہٕ۔ ہمن لوکن منٛز چھہِ تیداد کاشرٕ ین بٹن ہِنٛز زیادٕ۔ تِم چھہِ یمرازس دِوان ماناں۔ لیہاذا ہیکن یہِ ووہِ تہِ اَسہِ دِہاتی اُدیب یمرازی ڈینتھ۔

جناب الڈھ ٹینگ صاحب چھہِ شالہٕ ٹنگہ اکیڈیمی ہِنٛد کرشالہ جمادار۔ یموٚ چھہٕ ابنِ کھجور صابن سیتھ باگرج دِیتھ کشف اخبارس منٛز یہِ انکشاف کوٚرمت۔

"کتابُ البکیک کے اصلی اور مستند مسودہ کا رُخِ زیبا میں نے خود اپنی گنہگار آنکھوں سے دیکھا ہے اور اُسے پڑھنے کا شرف اب حاصل ہوا ہے جب ماہرِ معدنیات ابنِ کھجور نے دوربین سے بذریعہ "بین" جناب بکواس کشمیری پر یہ بات ظاہر کردی کہ کتابُ البکیک اُن کے گھر کے اُن موروثی چوہوں کے ایک سرنگ میں محفوظ ہے۔ یہ موروثی چوہے ایک الم ناک خیرناک اور ہیبت ناک حادثے کا شکار ہوئے ہیں۔ کہتے ہیں کہ کہیں سے ایک چوہیا ان میں نازل ہوئی۔ اور ہر ایک چوہے سے الگ الگ عشق لڑاتی رہی۔ ایک دن یہ راز اُن پر کھل گیا۔ اور وہ ایک دوسرے کو اپنی اس سرنگ سے نکالنے میں کامیاب ہوئے۔ آخری غنڈے چوہے کو اس چوہیا نے چوہوں کی دوا کھلادی اور وہ بھی مر گیا۔ اس طرح کتابُ البکیک کا یہ نادر مسودہ چوہیا کے قبضے میں آگیا۔ کچھ بھی ہو خاندانی چوہے تو علم و ادب سے بے بہرہ نہیں ہوتے انھوں نے صرف کتاب کے اوراق ہر ایک چوہے میں بانٹ دئے تھے اور اُن سے تاکید کی گئی تھی کہ وہ ان اوراق کو حسبِ ضرورت صرف چاٹ سکتے ہیں۔

سچ تو یہ ہے کہ یہ سبھی چوہے بوڑھے ہو چکے تھے اور اُن کے دانت گر چکے تھے۔ اسی لئے وہ صرف مسودے کے اوراق ہی چاٹتے رہے۔ چونکہ یہ اوراق ان کا بچھونا بھی تھا اس لئے اُن کی مینگنیوں نے الفاظ پر عکس اس طرح چھوڑا ہے کہ وہ عکس لفظ کا ایک حصہ بن گئے ہیں۔ جس سے اس مسودے میں جان پڑ گئی ہے۔ اکثر الفاظ کے نقطے غائب ہیں۔ چوہیا نے ہر سطر میں اپنے نوکیلے دانتوں سے سوراخ کر دئیے ہیں جو ہو بہو نقطے دکھائی دیتے ہیں۔ مثال کے طور پر میں چند نمونے پیش کرتا ہوں۔ ایک جگہ کشمیری میں لکھا تھا "گارِ دِگر" اسے چوہوں نے "کارِ دیگر" بنا دیا۔ ایک جگہ بہروپی لکھا تھا اُس کا روپ بہر کہ ٹوپی بن گیا۔ ایک جگہ لکھا ہے "سوئس نازِ پھر ہیش"۔ یہ خوبصورت نسوانی پیکر "نازِ پھر ہیش" جلی ہوئی مچھلی بن گیا۔ "کتاب البکبک" میری دانست میں اس کا اصلی نام نہیں۔ ابن کھجور کی خورد بین سے میں نے دیکھا کہ کتاب کا سرورق بدل دیا گیا ہے۔ اس کا حقیقی نام کتاب البرق ہے۔ تاریخ اسفہان میں سنے پڑھا ہے کہ البیرونی نے کتاب البرق نام کی کتاب کا ذکر کیا ہے جو اُس نے یہاں کے ابتدائی نو مسلموں پر لکھی تھی۔ اُس کا اصلی مسودہ یہاں اُس نے کسی کشمیری کے گھر میں لکھا تھا۔ کتابُ البکبک اُسی کتاب کا کشمیری ترجمہ ہے۔ اب رہا سوال "بکچھر" لفظ کا۔ چونکہ کتاب کا عنوان البرق تھا لہٰذا لفظ برقعے کا ہونا لازمی قرار پاتا ہے۔ شرع بھی یہی کہتا ہے کہ اسلامی تخلیق درپردہ ہونی چاہیئے۔ برقعہ لفظ کشمیری میں بُرکھ بن گیا۔ وقت کے ساتھ ساتھ اس کا 'ر' حرف گھس گیا اور 'بُکھ' رہ گیا۔ بُکھ سے بکھ بننا تو معمولی سی بات ہے چونکہ اس لفظ بکھ کے ورد سے گلے میں خراشیں پڑتی تھیں۔ وہ خراشیں مٹانے کے لئے اسے آخر میں "ر" جوڑا گیا۔ اور یوں لفظ بکچھر بن گیا۔

جنابہ "ناتار کشن خوشنجر چھا ئب چھ کاشُر ادبہ چہ دَبہ دَبہ تاریخ کتابہ منز

کِتاب البکبکس پیٹھ یِتھہٕ کٔنٛہہ لیکھان۔

کأشری پأٹھۍ چھہٕ یِتھہٕ وَنان - یَک چھِنہٕ وَنان۔ لِہٰذا اگر ژٕھ بکبک بدلہٕ
یِتھہٕ یِکھہٕ آسُن۔ یِکھہٕ لفظ تہٕ چھُہ یِتھہٕ کُنہٕ یکھہ لفظس سیٖتھ مُن رِشتہ جوڑان چونکہ
اَتھ مسوٗدس چھِنہٕ صفحہٕ نمبر لِہٰذا چھُ یہٕ شک گژھان تہٕ شدید پأٹھۍ گَنان زِ اَتھ چھُ
وَرقَن اور پور کرنہٕ آمُت۔ ییمہٕ لیکہٕ اَتھ مَنز وُنہٕ موجوٗد چھےٚ، چھِنہٕ ژٕرانہٕ باسان ییمہٕ چھےٚ
ژرایہٕ کُہ کرہِتھٕہ باسان - ییمہٕ چھِنہٕ بیانگ دوہل کُھ کرَن ہیٚندِ پأٹھۍ بانگہٕ دِوان اَمہٕ
علاوٕ چھُ اَمہ کھو وأرِث دَرو یہٕ مسوٗدہٕ زأنِتھ مأنِتھ گِگرَن اَتھ کھیاو نوومُت۔
یُتھ زَن اَمہ چِہ رِوأنی مَنز شِدت پأدٕ سَپدِ۔ بیاکھ اَکھ تأجُب چھُ زِ یِمو چھُ گِگرَن
اَتھ زیادٕ کھوٚنہٕ زیادٕ نثری حِصس ڈبہٕ ڈاس کرٕ نوومُت۔ شار چھُ سأدرٕ وار۔ اگر
اَمہ کِتابہٕ ہُنٛد نثر صحی حالتس مَنز آمہ ہےٚ، یہٕ بَنِہ ہےٚ عالمی اَدبس مَنز نثرٕک گوڈنِک
شاہکار۔ یِمو اَتھ کِتابہِ پیٹھ یہٕ کیٚشر ہالیو کھمُت چھُ تِمو چھُ گوٚہ کھیومُت۔
کاوِ شیٚپو صأبَن چھےٚ اَتھ مسوٗدس پیٹھ گَدرِتھ کاوِ پیٹھ بناوِہہ مُرش۔ جنگجو صأبن چھُ
لِسانیأتی جنگ کرِتھ کِتھہ کھنجو سیٖتھ کھش کوٚرمُت۔ شہید اُلرحمٰن کی صأبس چھُ
شہرٕک رِجن پرکنس ژٕرامُت۔ آلزٕ ٹیٚنگ صأبہ اَبِن کھجوٗرس یِڈ بورج بسأوِتھ
چھُ اِنکشافن ہُنٛد جُت کران۔ یہ چھُس حکومتس بلاخوف وخطر یہ وَنان یِہ فلفود
ہیٚلین یِمہ اَتہٕ مسوٗدٕ مُلی تہٕ ہتھوٗن میوزیمس مَنز۔ ریسرچ لائبریری والین گژھِہ
اوٕ سع یکھہ یہٕ ڈیٖشن تہٕ کیازِ تِم چھِہ مولہٕ ژوٗر تِمو چھیہٕ اَتہٕ مسوٗدٕ نِتھ ذأتی کتب خانہٕ
بناوِتھ پننی خانہٕ آباد کرِ یِتھ۔"

اَمہ علاوٕ چھُ آیمن کأمِل صأبَن سانین اجدادَن ہیٚندِس پنڈِتی کلاسس
ریٚتشونامس مَنز شرکس سیٖتھ شرکی ژھٕنی یِتھ۔ تِمَن چھُنہٕ کتاب البکبکٕک وَنن
پیٹھ کانٛہہ اعتراض اَلبتہ چھُکھ یہٕ شیرِتھ کتاب البکھ یکھہ لیو کھمُت۔ یِکھہٕ رِتہٕ

چھکھ نہٕ کانٛہہ کھٲچھر دِژٕمِژ۔ البتہٕ چھُ یِمَن نِشہِ میون "سفر در شہرِ بڈٕ بوٚج" "سفرنامہٕ بڈٕ بوٚج کِس عالمس کال نتہٕ کوٚج کھوان۔ بیاکھ اَکھ مقالہٕ "آبہٕ کانفرنس" تہٕ چھُ یِہِنٛدِ قاعدٕ مِنٛز نیرِتھ خاب وُچھان۔

آمدم بر سرِ مطلب۔ اَسہِ نِشہِ چھُ کتاب البکبک اصلی نوسخہٕ موجود۔ یہٕ اوس اَز بُروٚ ژٕہہ پانٛژھ ہیپرِ روومُت۔ بیٚیلہِ اَکہٕ دوہہٕ بسکلی سأنی جدا امیدن یہٕ نوسخہٕ غاۓب گومُت وُچھ۔ یِمَن گوٚ ٹیٛتھ شہہ پیٚچھ تہٕ بُروٚنٛہہ ژٕہہ بُروٚ ژٕہہ تہٕ پانٛژٕ گیہٕ مِنٛزس یِکٕژٕ ہوئی یِہِنٛدۍ نہٕ گیہٕ وِنٛسہِ گُزرٕ ھتہٕ رحمتِ حق۔ یِمَن اوس ناو حسّاس صاحب، چنّاس آسہٕ کیٛنہہ گوٚ یِمَن یہٕ وکانہٕ۔ یِہِنٛدۍ برادرِ اکبر صاحب ہیم جایہٕ نِماز پیٚٹھے یِہِنٛدۍ اَسہِ آسان گیہٕ برادرِ اصغر شُند یہٕ حالِ بد وُچھتھ پاگل۔ یِمَو دِیُت اَمی دِمہٕ دوٚہ قصاۓ پیٚتہٕ رٕدٕ دوٚرِ مرنہٕ پتس دِمَس ناو قصابہٕ وأل وأل ژٕورس دوہ دوہ کران۔ یِمَن اَسہِ اَوے قصابہٕ صاحب دِنان۔ نہٕ تہٕ اوسکھ اصلی ناو چلّاس صاحب۔ یِم اَسہِ چیٛلہٕ پیٚتہٕ چیٛلس اَژان۔ یِمو چھِ ساسہٕ تِدۍ چیٛلہٕ گُنٛڈِ میتھ۔ آسہٕ اَنۍ یِہِنٛدۍ ہم وارہ چیٛل تہٕ ھٲسہِ واپس پیٛنٛنہٕ پیٛنٛنہٕ جایہٕ۔ اَکھ چیٛل چھُ اَسہٕ تبرکن دیوانخانس مِنٛزس ٹھکمُت۔ اَلحق چھِ اَسہٕ اَہنٛدِ وفاتہٕ کہٕ دوہ چیٛلاۓسہِ تماۓ کٕرۍ آرٕ نٲلی ژراوان۔ بیٚیلہٕ یہٕ چیٛلاۓسہِ نموک پہو کھان چھُ اوٚ پیٚتہٕ چھُ یہٕ گامس باگراونہٕ پیوان۔

یِہِنٛدۍ فرزند اَسہٕ وٕ نواس صاحب، یِم اَسہٕ وَنٕ پھیران، یِموے چھےٚ "کُنٛڈٕ" پیٚٹھ کتاب لیٛچھمٕژ۔ تِمہٕ کتابہٕ چھُ "کُنٛڈِ زال" ناو اوسمُت۔ یِم اَسہٕ شارٕ تہٕ وَنان نموٗنہٕ کلام چھُ سہ

سنہٕ وِنہٕ اَچھ چھےٚ میٛژری کُنٛڈی — موٗنٛڈی ہاو تےٚ پان
عاشقن وُچھتھ پھُٹھ تیٖر کُنٛڈی — موٗنٛڈی ہاو تےٚ پان
بُشکابہٕ ھتہٕ چھُے ہےٚ مُشٕنٛڈی — نابد نِشٕ ٹھ پیستان

وٕندسس گرمی تہٕ گرٕیشمس ٹھنڈٕڈی — مۄنڈی ہاوتے پان

شٕنکہٕ اَستانہٕ اَسیہ دۄہ گٔنڈی — ڈیڈٕ تَل ترٛاوسے وان

اَلاَ نٛدی گٔاہتھ کمہٕ کمہٕ گرٕیشنڈی — مۄنڈی ہاوتے پان

کوٚلہ پیٛٹھ پیکھنا میائی سرنڈی — شینہ وانہ کرہے شران

مُنلا دِمہ ہیٚتے کیٚہ مۄنہ زٕنڈی — مۄنڈی ہاوتے پان

ونوا اسہ صابس چھُ اَکِس مۄنڈِ سیتی عشق اوسمُت۔ اَہنٛدے فراقہٕ اوس اوہنٛدُے فراک لاگیتھ وُنہٕ دُنہٕ پھیران۔ یَپَنہٕ نِکا حی زنانہٕ اُسی نہٕ پژھا پنے اَخوس اونٛکھ پنچاہ لاگی لاگی جیسن زِ یکواس خاندانُک سیلسلہ جأری تھوَنہٕ باپتھ چھُ یمَن اَکھ فرزندِ ارجمند بناوُن ضرورۍ "sure shot" فرزند زیوُنہٕ باپتھ دِژ یمو زنانہٕ سنتان بوٗٹی، یتھ کٕنہہ زاو یمَن شرطیہ سنتان۔ یکیاز یم اُسی وُنیَن پھیران، اوے اَسِکھ بوٗٹِن ہیٚنٛز نہٕ زان پہچان۔ یہ بوٗٹی چھیٚنے وُنہٕ نہٕ پوگل پرستان چھِن تیریٚن ہِنٛدِس قبضس منٛز گٔنڈن وُنیَن منٛز آسان۔

یِہُنٛد نیچو اوسُس زیوُنے مُشٹنٛڈِ ہیبو۔ ناو کوٗرہَس الماس صاحب، اوسمُت تہٕ چھُ زبر الماسے۔ زیوُنے چھُس وارہٕ تھا پرٛ گُڈٕ ہی۔ یہ روٗچھ یَپنہٕ نہٕ ماسیہ تُس اوس ماس کرنُک عادتھ۔ سہ اُس تکہٕ وارِن کیو ڈنٛڈن ماس بران تہٕ اَمِس تہٕ مُشکہٕ مُشکاہ ہیاو ناوان۔ دُپان زُ وُہرِس تام اُس اَمِس ماسنہٕ بوتل نألی آسان۔ جوأنی منٛز اُسی پانس دوٕ زلی مرزٕ وانگن آرٕ نألی تراوان۔ دوہ ہس ماس کران تہٕ راتس تکہٕ وارِن مرزٕ وانگن بران۔ اَوے اوسِکھینہٕ زانہہ تہٕ زُکام کران۔ سیٚٹھاہ اُسی مرزٕ وانگنو روٗ سنے کھیوان بگر صُبحس سکلی اُسی مرزٕ وانگن زٔیٹھ کھیوان۔ دستار اُسی وۄ زُل گنڈان۔ یتھ تلہٕ ٹوپہ بدلہٕ مرزٕ وانگن وُر اُس آسان۔ اگر کأنسہ زُکام وُچھہن تس اُسی وال دَب گُڈِتھ تکہٕ وارِن مرزٕ وانگن بران۔ اگر کأنسہ دِل راوِ ہے، تس

اُسہٕ ٹلیٖخ وَرِ ہَمیٖشہٕ گُزرٕش کران۔ تِس اوسُن نہٕ پتہٕ زانہہ تہٕ دِل راوان یا اوسُس ہمیشہ بابیٖخ دِل ژراوِتھ گژھان۔ یِہنٛدِس اَحوال نامس منٛز چھُ دٔرِج زِ وقت نزاع کوٚرُن یِمَن زُ کام تہٕ پوٚنٛدِ سیٖتھ دراکھ زُو تہٕ دِتکھ امانت۔ اَمہٕندِس کلامس چھےٚ مرزٕ وانگٕن تہٕ۔ نموٗنہٕ کلام چھُ:۔

## غزل

مرزٕ وانگٕن کھیٚتھ ژٕ پرکھ اللہ ہو  
مرزٕ پیٖپٕھ زَن تہٕ نژکھ اللہ ہو

قہرِ خدا ییٚلہٕ ژٕ ئےیہ سپدی باخدا  
بحرِ ہنٛدِس ژھانٛٹِہ ترکھ اللہ ہو

مرزٕ وانگٕن غیازٕ مَل گژھ نازٕ دَم  
ناوِ کھسِتھ داو ژٕ تکھ اللہ ہو

ژراوِ شائِل گژھ ژٕ کارٕلو کامٕ کر  
اَدٕ ژٕ کرٕ تجلیو پوٚزٕ اَنکھ اللہ ہو

شیٖوٕ دمیہ وُچھس زٕنی کمرٕ چھےٚ کئنی ہیٚشن  
پرٕژھ نہٕ کرٕنے کرٕ ژٕ شلکھ اللہ ہو

نازنیٖنن ییٚتھ نہٕ بوزکھ واظ زانہہ  
ہارٕ تاپس شیٖن گلکھ اللہ ہو

زُو کرکھ اَلماس کھےٚنےٚ کلہٕ ماز کھےٚ  
مرزٕ وانگٕن ہیٚو ژٕ ووزکھ اللہ ہو



الماس صاحب اُسہٕ خطِ طغرا ہِس منٛز پنُن دستخط کران۔ نموٗنہٕ چھُ میٚلہٕ پانہٕ چھےٚ کہٕ کاکدس پیٚٹھ نقل کوٚرمُت

اَلماس صاحبنِ فرزند گیا یہِ الخناس صاحب۔ اصلی ناو اوسہٕ کھ کہِہ کاسن کوٚرمُت۔ ظٲہرِ بد اوسُکھ زیم تُلن کہِہ کاسن، مگر کہِہ کاس صاحب بس گوٚنڈُن الخناس نَم اَسہِ دوٚہ پَتہٕ دوٚہ ہاہ ہیچ کھان۔ الماس صاحب اَسہِ عٔلمیہ اَندرٕ نمبر زانان۔ تِمن توٚر فِکرِ زِ اَہندِس نیچوِس چھُن الخناس گوٚنڈمُت۔ لِہٰذا اَسِس الخناس الخناس کرِتھ آلو کڈان۔ یوٚہے ناو گو یِمن دٲرِتھ۔ اَمہِ ناوٕ سیٚتی ہیوٚت یِمو زوٚز بَتہٕ کرُن۔ بیچھ کُنِہ اَسہِ زوٚز بَتہٕ کینہہ بنٔلی داند ہیوِ، مگر کُنِہ کُنِہ اوسُکھ الخناس گنڈان تہٕ دِل رُوان۔

الغ اوسُکھ بابہٕ صاحبن یلاج یہٕ کوٚرمُت زِ تِم آسن سپنس ڈٔگی دِوان۔

دوٚہ ہا گو زِ اَکہ دوٚہ یہٕ اَسہِ یِم آرس بیہتھ شران کران۔ اَتھی منز گوٚنڈُکھ الخناس تہٕ رووٕکھ دِل۔ ڈٔگی اَتھواراہ دِتُکھ مگر دِل اوس تہٕ راوُتھ لبنہٕ یِوان۔ آخر تُلکھ آرٕ پیٚٹھ تہٕ وٲلکھ پانے پانس پرٕ تہٕ کوٚڈُکھ وُچھان وُچھان پانس نِشہٕ۔ اَمہِ منز قبرِ پیٹھ چھُ مادٕ تارِیخ یہِ لیکھتھ سہ

مرِتھ دِل دوٚنی لبو ۔ یِرٕ دَیہٕ گوٚ لکھو بو

خبر حقس مٕے کیٛاز اوس اَمہِ قبرِ پیٹھ گٔزِھتھ الخناس گنڈان تہٕ دِلس زَن وُتھ گٔزِھان۔ مٕے کرٕ تحقیق دِل راونس پیٹھ۔ ڈاکٹرَن گوس یہٕ پتہٕ زٕ غارِ کرِنہٕ زِ دِلس منز ماچھِ کینہہ جمع گٔزِھان۔ تِمو دوٚپ نہٕ۔ کینہِ چھِ یا تہٕ تِلہٕ پیٹھ تِس منز بنان یا تہٕ بوکہٕ وِچن منز۔ لِہٰذا گوس یہٕ موکلِس۔ اَسہِ اوس خاندانی عزیز اَکھ لوکل پنڈت۔ ناو اوسُکھ یٔزمَن بوے۔ مگر ساری اَسِکھ پیارہٕ پٔیزِ بوے وَنان۔ یِم اَسہِ خاندانی چک دار، مگر وقتن اوٚنکھ پھٔش چک تہٕ نی ہٕکھ تہٕ دار تہٕ۔ ووٚن اَسہِ فقط نادار۔ اَکہ دوٚہ یہٕ آیہٕ اَسہِ نِشہٕ تہٕ ووٚنکھ اَسہِ چھُ نیتھر۔ یہٕ گوس روٚزِتھ اَما اَمِس پنڈت صاحب بس کیاہ گو۔ اَمِس ہے شرانہٕ کرٕنی چھا یہٕ کینہہ پھیرِ پھیرِ منز چھِے۔ زوٚنکھ زِ مٕے گیہ غلط فہمی تہٕ ووٚنکھ۔ کاہ نیتھر چھُ، اَمہِ کتھہِ کوٚرس یہٕ دم پھٹو

سوٗچھٕنہٕ لوٚگُس ہِم کَم کاہ نیٚبہٕ ژھر چھِہ یِمَن۔ اَمِس ہٕے بیۍتھ شُرٕ چھیٖکانہٕ۔ یِموٚ سندٕ رِنوو ہَس بہٕ دم تہٕ دوٚپ ہَم کیٚنہ چھُہ نیٚبہٕ ژھر۔ مےٚ دوٚپ اَدٕ یِم چھِہ کینہہ پوٚزان۔ دوٚہ کینہہ آسہ نیٚبہٕ ژھر کَرَنہٕ یوان۔ آخر کوٚڈ ہَس بہٕ اَمہ ظوٗنہٕ منٛز تہٕ وۄن ہَم سانہٕ کیٚنہ، یانے کور چھُہ نیٚبہٕ ژھر مےٚ ہیوٚ ہیس زِ آسِیوٚ ہےٚ گژھان تہٕ ییٚمہٕ کیٚنٛہ یوسہ سانِس الخناس حسابِس دِلَس سنبیمٕ شرٕ آس۔ مےٚ پیٚرٕ لوٚ یِنٕ بہۍشِر شاعیری تہٕ یانے گوم ہیٚرِ زِ تِم کَم اَرِیٚنٕ کران موٗدی۔ یِم آسی قیسمہٕ قیسمہٕ کیٚنہ تہٕ سعہ مبراوان۔ اَمہ چھِہ واریاہ حِسٕندٕ وٕق کینہہ سینو نُبرِتھ۔ دَیان تِم آسی کیٚنٛہ شانٛڈ دِوان۔ کینہہ نیامہ منٛز بیٚتہٕ کھیوان۔ بیٚیہ آسی ناگہٕ ہوٚنگ دَستار گَنٛڈان، ہیٚرِس آسی اکثر سیٚنٛڈرِ ٹیوٚک کران۔

نموٗنہ کلام چھُہ درٕج :

وَژُن

تنہٕ مُنٛزٕ اَدِتھ وُچھوٚ کٔنے — تَس چھِہ وَنے میأنی خال
کنہہ ژٕ اَپِتھ بَنوٚ کٔنے — تَس چھِہ وَنے میأنی خال
ولہٕ آرٕ کرٕتھ ٹھوٚوٕ کٔنے — ٹھوٚلہٕ ٹھوٚ لہٕ والوٚ بازٕ وبال
کھوٚنہٕ منٛز ژٕٹھِتھ تَلوٚ کٔنے — تَس چھِہ وَنے میأنی خال
ہیٚبیٚر بوٚنہٕ سیٚنٛڈرٕ مَلوٚ کٔنے — بجَن گیوٚو دایو ٹھال
ڈیکس ٹیوٚکاہ کروٚ کٔنے — تَس چھِہ وَنے میأنی خال
وٕٹھو گژھو بَنوٚ کٔنے — تَلہٕ با کرٕ کیٚشہ دھرمپال
خیٚبر پیٚھتھٕ ماسنوٚ کٔنے — تَس چھِہ وَنے میأنی خال
اَ آ اِ اِی پَرٕوٚ کٔنے — نَظرٕو کرٕو اَچھرن جال
پَیتہٕ اَدٕ ناگلی ترٛاوٕو کٔنے — تَس چھِہ وَنے میأنی خال

[illegible]

الخناس صاب اُسو شارد الپی منز دستخط کران۔ شارد الپی منز دستخط
تہٕ کنہٕ کنہٕ کرٕن چھےٚ ہاوان زِ تس چھُ ہیٚنڈی کورِ سیٚتۍ عشق اوسمُت۔ یِمو چھِ اکثر وٲژن
سراپا لیکھمٕتۍ یِم اُلِف ننگہٕ چھےٚ۔ بیہہٕ کنہٕ درج وٲژنٕ چھےٚ کُنہٕ تہٕ کیول چھاپ کرنس
لایق۔ یہٕ عشقہ نیاے چھُ سانین مستوراتن پیٹھ نیوخاندارو سپنہٕ یہ سپنہٕ سٕنز روومت۔
دپان الخناس صاب اُسو گو سائیٚ زرخ لاگٕتھ اُمس ہیٚنز بانہٕ پیٹہٕ پیٹہٕ تیمر ھکس گمتو۔
بیہہ کنہو کاگوہیتیا جرم اوس تیتھے کنہو اوس اُکس ہیٚنز بانہٕ سیٚتۍ کھاندر کرٕن تہٕ
جرمِ سنگین۔ یِمن یہو بحالتِ مجبوری بکواس یُیہٕ مُہندِ سلسلہ جاری تھوٚنہٕ موکھ
چھیکرس کھاندر کرٕن۔ دپان یِمو کوٗر تس کورِ سیٚتۍ کھاندر یوسہٕ تس دل جگری
ولِس اُس۔ لول برنکو تخر تہٕ ناز اُمین یانہٕ خود مہریٚنز ہیچھنا اُو مرٕ۔ یتہٕ لوٗگ اُسہ
پےٚ زِ الخناس صاب اُسی پرایئوٹ طور بیڈ روٗمس منز زنانہٕ تِمو سےٚ کنیا یہٕ ہٕنڈ
ناوٕ مخاطب کران۔ تِم گےٚ جانہٕ مرگ۔ تِم مرٕتھ زاو اُمہٕنز آشنہٕ ترٛیہہٕ رٛیتو نیچو۔
یورٕ زاوسہ تہٕ ہوٕ دٕیٹ ماجہ اُمانت۔ دپان اُمو بچن چوٗنہٕ ستن دوہن دود۔ اَخر
اُمہٕ سے کنیا تِمہ دِژِہس تہٕ پیٚون دود۔ کینژرس کالس اُس سُو صُبح شام بچس
دود چاوان یوان۔ مگر اُمہٕ سٕنز فیصلہ زِ یہ کنیا نیہ اُمس بچس بالیغ گژھنس
نام پنن گرٕ۔ تِمی کوٗر اُمس ناو کاگاس مسلمانی تہٕ ہیچھنوٗن تہٕ بٹہٕ رِیِس مطابق تہٕ
اُمِس زا دو ستہ بیتر مناوان تیمرِ ھکن تہٕ اُمِس سیٚتۍ سیٚتۍ نوان۔ یتیہٕ یتیہٕ تہون آسہ سےٚ
تووت اُمِس نوان۔ کاگاس تہٕ اوس خوش۔ البتہٕ اوس پنڈتن کیٚو ملن نقل کران۔
بیہہ کنہو لار یوو اُمس پیٹھ، یوت یوت یِم بڑان گےٚ تیوت تیوت گیہٕ اُہند ہس
بکواسس تہٕ تیزی۔ کامو کامس اوس یہند بکواس بوزٕتھ زرٕ پیومت۔ گری گیٚن
اُمو یِمن وُچھت وٕنہٕ ژلان۔ البتہٕ اُمہٕ سکھ ہوئی یِلمقابل رٕدزِتھ بکواس بوزان۔
چھیکرس دٔورِتھ یِمن ژبینہٕ وٕنہٕ دوان یہٕ تِم گےٚ بور۔ بیٚیلہٕ بکواس زیادٕ تیز گژھان سکھ

نیٚبلہٕ اَسہِ دوٚستن سیٹھاہ بکواس کران۔ تہٕ پَتہٕ جلالس منز ییتھ یمن دوستن ٹھوٗلہٕ ژٲراوان۔ امہِ کینژ آسہٕ نہٕ سانہِ گامہٕ وارین دوٚستے۔ یوٚتام اَہنز بَٹہٕ ماج حالہٕ کتھ بتہٕ اَس توٚت تام اوسکھ بس تیٚہنٛدے حیاتہٕ بیمہِ تہٕ۔ تَس اَسہِ حیچھن تیرن ہیوان گوڑہٕ اَدہٕ اَسہِ بکواس شروع کران۔ تَس بڈو ژھہہ کٔنہ اوسکھ نہٕ ژٔر تہٕ پھوران۔ جوٚن تہٕ پَنز ژھٕ زاہ کوٚرکھ پنینہِ مَنشا کھا نٛدرنہِ سانہِ داہ لدَس ییتھ۔ بیا لہٕ اَنٛدرم شیچھ گیٚے زٕ گوڈے اوسکھ ٹوٗر پیوٚمت سانہِ ماجہِ بیپچھہ۔ شارٕ اَسہِ گُٹٕلہِ وَنان۔ یِہنٛدِس کلامس منز چھِہ ہندو دھرمچ چھاپ یوسہٕ یمن بکوٕ اَسہِ خاندانس منز بدوٕن کڈان چھے۔ دُپان زٕ ماجہِ اَسہِ شاستر پرِنٲوی ہیتھ۔ یِہنز شارٕ زاگر چھے مٔلہِ مختلف غزلہٕ کیوٗژ نو منز کرٕ ہرژہ

ہمتو سیٚندرو سیٚندرہٕ مُہتت نیٚہنٛدرہٕ پشیم خراہش
ستنو ناگو حُبحس وُہت پانس ہیٚبرِیوٚن چھلم پش

گوٚ گجن، مجتن کرٕد ژکل
نیٚنرن ٹھرو کھوٚ مکایہٕ وٕری

اوہے زٕیچھ موہے وبگل
منکو دبگل کرکو ژھرے

منکُ قمیٚر اَنٛدری ٹھیٚم
دَم پھچھٹو گو تہٕ روشن غار

بکواس کرٕتھ گرٕیشمس ٹیٚم
ونٛدس زوٚیم توٚیم نار

وستارو چھیتھ دَرہٕ دَرہٕ کرٕم
شوٚتس زٲرم دئیت نم شاپھ

مت چھے پڑکٹ مٔلہِ نہٕ سہ زٲم
بیہتھ کھیوناہ زاجم ژاپھ

تیسی شیوس شٹھے یہ انگ
جوٚٹ گو جبہٕ منز ہٕلے تہٕ بی گنگ

شرٕ کھیٚچھو چھیتھ شیٚٹہ پاس ہوتم
ڈلہٕ وانہٕ بودم کمنڈل

سورُسے زٕکتھ اَلَس کھوتم
کامیٚو کوٚرہم کرن زل

رحمتِ باران زحمت ہیبا      سرٕکن کوچن وہِتھان رٔب

رکینہ گرٕز ھیتھ دٔب تبٕلہِ لگان      لبھ وِتھ زیوٚ منٛز نبران رٔب

رو ہین ہیٚنز بپٔیہِ لوٗکٕن ٹرٛھا      کھیٚیہٕ کھیٚیہٕ بنہٕ یہٕ قوربان کیٚھ

کلہٕ گنتہٕ زٕن چھکھ جبیرٕ گنٛھا      کاڑہن منٛز چھکھ بٔریتھ وٕٹھ

یہٕہنٛدِ بکواس البکواس ناوٕک پوٗت وَن چھُ یہٕ زِ ہنجابس منٛز آیہٕ بکواسین ہیٚنز نیشنل کانفرنس بُلاونہٕ۔ اَتھ منٛز کرٕ پٔریتھ ریاستہ کیو بکوأسو چھپیتو شرکت کشیرِ أسو ہیم ریپرزنٹ کران۔ اَتہٕ سَپُد بکواس کرنک اَکھ زبردست مُقابلہ۔ مُقابلس منٛز حِصہ نِینہٕ والین اوس لگاتار بکواس کرُن تہٕ نیشنل ایکارڈ قایِم کرُن۔ یہ مقابلہٕ سَپُد دٔہن دوہن۔ دٔپان ژوٚدُہن دوہن اندرا اندر گٔیہ اکثر ریاستن ہٕنٛدی بکوأسو مُرِ وُمران کِلی تہٕ بوزن وأٔلی سامعین زٔری۔ بکواسین منٛز موٗدی اَکھ زِ بَتہٕ۔ ژوٚن دوہن تمام أسو باقی ڈیلی گیٹ حضرات واپس یِینہٕ ہن پتہٕ نین گرٕن ژٔ لبھ وأنی ہنہٕ۔ مزید ترٛہن دوہن أسو اَتہٕ زٔری منتظمین روزِ ہنٛہ۔ دٔپان تمن پھوٗٹ کنوٚ کینہٕ رٔ ھنہٕ تہٕ تِم تہٕ ژٔلی۔ مزیدٕ دون دوہن أسو پَتہٕ حرف سائیان وأٔلی تہٕ ماٗئیکہ وأٔلی اَتہٕ۔ آخرٕ ژٔلی تِم تہٕ سائیان تہٕ مائیک ہیٚتھ۔ تَو پَتہٕ تہٕ روٗدی سأنی بابہٕ صاحب مزید ڈٕہمس دوہس لگاتار بکواس کران۔ کہٕمہِ دوہہٕ آو پلیسہٕ تہٕ یِمن دِژکھ اَستس پیٚٹھ تہٕ وأنہٕ ناوِکھ کشیرِ۔ اَتھی سلسلس منٛز آو یِمن بکواس الخطاب دِنہٕ۔ یہٕہنٛد فرزند گوس بہ جناب بکواس کاشمیری شاعر نامی گرامی حسب فرمأیش لیکھان۔ اگر کأنسہ بأیس مرنس پیٚٹھ مرن نامہ یا زینس پیٚٹھ زٕنم نامہ یا کھانٛدرس پیٚٹھ سیہر کرُن آسہ بہٕ چھُس معقول رقمس پیٚٹھ لیکھنس تیار۔ اَمہ علاوٕ اگر کأنسہ شاعر بننُک شوق آسہ تہٕ ہیکہِ اَسہ نِشہِ کلام ملی ہیٚتھ۔ نامووٚن شاعرن تختہ مشق چھہِ أسو مُفت کران تہٕ ثواب زانان۔ أسو چھہ نثری کیو نظمی

لیکھان۔

اَسہِ ووُن زِ یہِ مُسوَدٕ چھُ سانِہ مورٗثی خاندانٕچ گَگرولیوٚتھ تٔروومُت، یمیُک سیٹھا کیٚشہ، نوقطہ تہٕ اَڑی لفظ مِٹاوِنہٕ آمٕتۍ چھہٕ۔ تمو چھہٕ اَتھ پیٚٹھ وٕنداں مُسیارکو گٔدی پٔریُن کرِتھ نوقطہ ہاے بے پناہ بناوِی مٕتۍ۔ گَگرٕ مِیشکِنہ آمٕتۍ چھہٕ زیرو زیرن پیش اوٚنمُت۔ اَتھ مسودس کیاہ حالت چھےٚ ووٚنی کینژن تمکو کیٚنہہ نموٗنہٕ چھُس پرٛن والین ہِنٛز دلچسپی باپتھ نقل کران۔ نقلس سیٹھا چھُس بہٕ اَصل تہٕ ہاوان۔

| اَصِل | موجوُدٕ حالت |
|---|---|
| اَنہٕ زٔتھ کانہٕ پلو | اَنہٕ زٔتھ کانہٕ پلو |
| کوہ کرِن اُسو مرٛکھ بانہٕ ڈٲلۍ مٕتۍ | کوہ کرِن اُسو شرٛکھ بانہٕ ڈٲلۍ مٕتۍ |
| گاو کران ٹاو ٹاو | گاو کراں ٹاو ٹاو |
| گاو کراں ڈٲں | گاو کراں ڈٲں |
| فاشِلہ پاس کر | ماشِلہ ناس کرٕ |
| کلہٕ دوٕ زٕل کوترٕ | گلہ دوٕ زٕل کوترٕ |
| شہ اوس چلِم چوان | شہ اوس پٕلِم چوان |
| ییٚیلہِ تمو جلوٕ وُچھ تہٕ تَس ڈٲلۍ ہوش | نیٚیلہِ کمو حلوٕ وُچھ تہٕ کَس ڈٲلۍ ہوش |
| شہ اوس کنٛدٕ کاٗری بانس کھیوان | شہ اوس گنٛدٕ گاٗری پانس کھیوان |

شہ نموٗنہٕ ییٚتھ جُملن منٛز لفظ بانہٕ مِٹاوِنہٕ آمٕتۍ چھہٕ یا ترٛکِنہٕ آمٕتۍ۔

موجوُدٕ حالتھ : زُکام گژِھ ... بنٛد کرُن۔ شہ چھُ ... شرٛپان تہٕ چھُ بل۔ بنان۔

اصِل : زُکام گژِھنہٕ بنٛد کرُن۔ شہ چھُ سینس شرٛپان۔ تہٕ چھُ بلغم بنان۔

تِم نموٗنہٕ یِمَن نوقطہٕ کیٚشہ بیٚیترِ اوٚر یور لگہٕ مُرٕ چھےٚ۔

اصِل : زنانہٕ آسہٕ ژھوٚٹہٕ کھوٚکرِ ہیٚشہِ پھیران۔ بٔڈٕ اُسی جوٗنین سیٹھا زولہٕ کران۔

موجوٗدٕ حالتھ : زمانہٕ آسہٕ ژھوٚٹہٕ گگرٕ ہیٚشہِ پھیٖرن۔ بٹہٕ اٚسو ہیوٚنن سیٖتۍ زوٚلہٕ کران۔

اصل : جوان اٚسو گیوان۔ بچہ کوٗرِ ژوٚہ کران۔ کچہٕ گیٚنڈان تہٕ کنٛٹھ دوٗرِ دور کران۔

موجوٗدٕ حالتھ : جوان اٚسو لیوان۔ کچہ کوٗرِ روٗ کران۔ لچہ گیٚنڈان تہٕ لئٹھ دوٗرِ دوٗرِ کران۔

شاہدن ہنٛدِ نموٗنہٕ یمن منٛز لفظ راوی ہیٚتھ چھہِ۔

وَن تہٕ ... سۍ آبہٕ ... نشں وار چھا = وَن تہٕ ویٚشی آبہٕ بنہٕ نشں وار چھا

واٹہٕ ... رُم ... ٹہٕ ... رسن وار چھا = واٹہٕ پاٚریھُم کاٹہٕ جارسں وار چھا

پٕر ... کوٗکرین ... زابہٕ ... پوٗتی = پٕرابہٕ کوٗکرین زابہٕ ٹھوٗلن سیٖتۍ پوٗتی

نا ... رُس ... زا ... رُس وار چھا = نابہٕ کارُس زارٕ پارسں وار چھا

Vhad Ram Lal

مکھن لال صراف

# یہ مور اَسہ

(یِمہِ ڈرامہٕکۍ کردار کرن پننہِ عملہٕ سیتۍ پننۍ زان پانے)

(ا) اَکھ نفیس ڈرائینگ رۄم۔ اَتھ کمرس منز باگ چھُ ۴، ۳
فلیٹ ستوٗن یِتھ پیٚنِہ گژھن اگر کانٛہہ کردار چھُ گژھان پےٚ چھٔنہٕ
لگان سُہ کوٚت گو ــ اَتھ ڈرائینگ رۄمس چھِ ۲ دروازٕ۔ اکھ
دروازٕ چھُ بۄنگلس اَندر کمرن منز اَژنہٕ خاطرٕ تہٕ بیاکھ دروازٕ
چھُ آنگنہٕ منزٕ اَندر اَتھ ڈرائینگ رۄمس منز واتنہٕ خاطرٕ۔
ڈرائینگ رۄم چھُ طیٚس پیٹھ سجاوِتھ۔ زٕ ٹیلیفون۔ اکھ اَکس
دروازس نش تہٕ بیاکھ بیٚیس دروازس نش۔ اَکس ٹیلیفونس
پیٹھ چھُ اَندرِم ٹریفک تہٕ بیٚیس پیٹھ نیٚبرِم ٹریفک۔

ــ ڈرامہچ ساری عمل چھےٚ اَتھی کمرس منز سپدان ــ

ــ کردار چھ ییتہٕ پاٹھی ڈیٚڈی مگر ناو چھُنہٕ پتاہ ــ

ــ کردارن ہنز زان چھےٚ تہنز عملہٕ سیتی سپدان ــ

---

(١) ۔ہش۔ رس میٚنتھ تہٕ ناٹہٕ گنٛز رتھ۔ وقت چھُ تیوٗتُے پوٚت چھُ۔ پرتھ
کأم چھےٚ وقتس پیٹھ سپدان۔

(٢) مطلب۔

(١) ییٚترٕ چلِہ نہٕ سلہٕ شونگن تہٕ زیری وۄتھن۔ اُمس سیتی کأم کرُن گوٚ
شیٚیسترٕ کرٕ ژاپُن۔ واد کرُن گوٚ سہہ گونٛژھ گنٛڈُن۔

(٢) چُھکُس۔ کران کیاہ چھ۔ ناو کیاہ چھس۔

(۱) ناوِن مأرکھ نأنی یے۔ ژے نہٕ اُمی ہٕشدِس ناوِس سٟتی واتھ کیٛاہ۔ چھُپہٕ نہٕ اُسی تَن۔ ژے کیاہ کری۔ ژے چھے کام کرٕنی کرتہٕ ایمانداری سان۔

(۲) ہَتا یارٕ مٔے گژھہِ نانَن بہٕ چھُس کَتہِ۔ یہِ مکانہٕ چھُ مٔے بوٚت بنگلہٕ باسان۔ نہٕ۔ نہٕ۔ بہٕ لگہٕ نہٕ پٟتہِ۔ نہٕ زان نہٕ پہچان۔

(۱) یہِ بِچارٕ تہِ اَسی مَنٛز اَکھ۔ زان پہچان تہِ گژھی وارٕ وارٕ۔ ووٚنی دَپھ کَران گژاوان کیٛاہ چھُ۔ تہِ چھِنہٕ مٔے پانس تہِ پتاہ۔ دَپان انگریزن سٟتی چھُ اُمی آزادی باپتھ تِھقہٕ پأٹھی لوٚڈمُت۔ زِ روپیٛہ روپیٛہ بےحساب۔ لوٚکھ، لوٚکھے لوٚکھ، لوٚکہٕ اَرساتھ۔ پوان تہٕ گژھان۔ پوان تہٕ گژھان ـــــ ٹھوٚں گوٚ تہٕ آے لوٚکھ۔ لوٚکھ آے نہٕ اَسہِ چھُتی کرُن یہِ کَران آے ـــــ رٕوٚبوٚدٕ کتھ گوٚکھ۔ دَپھ ہاں میں ہاں۔ سون نہٕ نیرہِ لس دوٚہہ دوٚہہ۔ اللہ۔ اللہ۔ خیر صلا۔

(۲) پوان کم چھُ۔

دِس سأئ کام۔ حاجت مَنٛد بٟیہِ کم پٕن۔ دَپان یَنہٕ اِنسان تھَنہٕ پوٚو تَنہٕ ووت لوٚکن پور پوان۔ اُمِس چھے سَتھ پھیرِ آسمٕژ دانا۔ تہٕ پَنہٕ چھُ دانأیی کِنان۔ دَپھ وَقتُک بیرَل۔

(دوہ ش تژاوان) آدم بَستَن مَنٛز چھُ سِر۔

(۱) سِرے سِر۔ دَپھ اَسہِ تہِ چھُ سِر بوج بَنُن۔ یورِچ کتھ نہٕ اور تہٕ اورِچ کتھ نہٕ یور۔ اَدِ نیری دوٚہہ دوٚہہ۔ اہل و عیال گژھی بچا اگر اِمسٕنز نظر سٟنز پٟیی۔ گژھی لیاقت نیرٕنی۔

(۲) تنخاہ کیٛاہ دِیہِ۔

(۱) روٚٹُن ہسأے ہٟنہِ گوٚ نہٕ تنخاہ۔ ژے تہٕ تنخاہس کام کیٛا۔ اُنٛزِ مَنٛزی گوٚکھ

دپھ رئیس بنیوکھ۔ ہینز گو حسابُس پیٹھ رہ پیہ ساسہ۔ رہ پیہ ساس جوراہ۔ رہ پیہ ساس تار۔ یُتھ یلیمہ وزِ حاجتھ آسہ۔ شرط صرف اکھ۔

(۲) کیاہ ؟

(۱) وہ فاداری (وقفہ) منظور۔

(وہ شوے اسان تہ اکھ اکس اکھس ہیٹھ اکھ دِوان)

(اتھی منز چھ نیبرِ کِنہ زبردست شور گژھان)

—— زندہ باد۔ زندہ باد۔ زندہ باد ——

---

(R) (جان اڈ وَر نفر گون لاگتھ مَس پریشان کرتھ اندر اژان) بس بس۔ دوستو۔ مے گژھ معافی دنی۔ مےٚ نام چھنہ کہیں۔ نہ چھس بہ کانہہ منسٹر۔ نہ کانہہ سرکاری اہلکار۔ مےٚ چھنہ تران فکرِ بہ کتہ انہ تہنٛدِ خاطرِ نوکرین ہنٛد انبار نہ تم کروِ حوالہ۔ PLEASE۔

— زندہ باد۔ زندہ باد۔ زندہ باد ——

---

(R) پلینر شٹ اپ۔ یہ زندہ باد گژھ تتہ کرُن ییتہ انٛدِ کینہہ۔ مےٚ نش چھ کیاہ تی کربہ حوالہ۔

ساری:۔ ساؤنی بجائی تہ پاپر جائی۔

(R) NON SENSE - YOU SHUT UP - ڈرایوو انسان، مارننگ واک کرنہ، کوہنٛد تہ کیتھ۔ ڈچھنی نہ لوکھ، کھووری تہ لوکھ۔ پتہ تہ لوکھ، برو ونٛھ تہ لوکھ۔

(۱) لوکھ۔ لوکھے لوکھ۔ بے حساب لوکھ۔

روپیے روپیہ۔ روپیہ اخبار۔ یئیتہٕ گیاہ یتیم خانہٕ چھا۔
مسافر خانہٕ چھا۔

زندہ باد۔ زندہ باد۔ زندہ باد

---

(R) زندگی گذار شرافتس منز۔ نیرسا اڈٕ اڈٕ۔ WHY۔ نوکری چھٕنہٕ
تہٕ میلان مئے گیاہ۔

(١) یئیتہٕ گیاہ توٚندوٚرٕ چھا نوکری تھٕرو۔

(٢) یئیتہٕ گیاہ ژوٚچہ چھا۔ اکھ اکھ دِیو۔

(R) جلس کرو۔ یُتھ نہٕ ہیم اندر اژن۔ وٕنی کرن زبہٕ بازارو سِتی ہیم
قالینہٕ خراب۔

(١) ٹھرو ٹھرو۔ بدلہٕ کانہہ ڈیڈی ژھانڈو۔

(٢) کانہہ ترٕژھ اسہٕ ژھانڈوُن یئیمس زندہ باد بکار لگہٕ۔ اسہٕ چھُنہٕ
بیش فرصتھ۔

— مُردہ باد۔ مُردہ باد۔ مُردہ باد —

---

(R) (اندرمہ دروازٕ پیٹھہٕ واپس پوان)۔ تہٕ نہٕ کھوژناوُن مردا باد و سِتی۔
چلے جایئے — اسہٕ گژھہ پننُ زندہ باد زندٕ روزُن۔ زندہ باد گیہٕ کام۔
اسہٕ چھُ کامہٕ سِتی غرض (اندرمہ دروازٕ اژان)۔
(اکھ نہٕ زٕ چھُ دروازس تلے روزان۔ یتہٕ تام مردہ باد
FADE OUT چھُ گژھان)

(١) توٚرہٕ فکرٕ شیلتر منس کرٕ ژن یوٚد شرارتھ کھسس۔ امس سِتی

اُمی سُندے لاگُن۔ وفاداری ہُند گرُ۔

۲ بٹہ کنہ ترکور چھ۔ لوکہ ساسَس کوٗرن کھوش اُتھس کیتہ جواب۔

۱ یی چھ صِفت ایماندٲری۔

۲ وچھس کُلف لُچھس ٹھٹھاہ تاپھے کرے لونتہ نو۔

۱ رُوٹ حبہ خوتوانہ۔ یتہ گرس مَنز ینہ پتھ کیتہ کرکھ۔ ٹینٹھس لارس نئے

۲ گردن تلِنتھ۔

۱ دِ کن۔

(ڈِسکو میوزک چھ کنن گژھان)

۲ یم کتھ پیٹھ بانہ ٹھاسان۔

۱ رُوٹن ہسا۔ یہ کُس سا دانلیے دٕہر آو منٛے حصہ۔

۲ اما چھ کیاہ سنا۔

۱ ڈِسکو۔ مارننگ واکہ پتہ گو بریک فاسٹ تہ بریک فاسٹ چھ شرین

تیلہ شرپان ییلہ ڈِسکو سیتی چلہ۔ دِ کن۔ تن شیٛہلی۔

۲ زِند روزسا۔ منٛے چھ باسان اسہ چھ آراہے آرام۔ نہ چھ اُنہ نے

تہ نہ چھ رنہ نے۔

۱ ہئے کیاہ گوم۔ ژنے کر کھلنے عقلہ ہنٛد یم زنگار لد کاشری کُلف۔

اُننس چھنے اَلگ جمانتھ۔ رننس اَلگ جمانتھ۔ تہ یہ بیٹھکہ کار چھ بلکل

اَلگ تھلگ۔

۲ جان ننشد رس۔ اکھ آراما گروس۔

۱ آرام توٗت تام یوٗت تام رُخ بدلہ۔

۲ مطلب۔

(۱) بُتھ پھَن۔

(اُکھو مُنز چھِے ٹیلی فون رِنگ گژھان)

(۱) ہیلو۔ ہیلو۔

(۲) ہیلو۔ ہیلو۔

(۱) (پہ پہ اَلگ ہاوِنہٕ)۔ ہیلو۔ NON SENSE

(۲) آ۔ آ۔ ہیلو۔

(۱) ہیلو۔ رِوٗٹُن۔ اُمس زَن چھِےٚ اوٗرے ژکھ۔

(R) اوہو۔ ٹیلی فون تراو پھِقر۔

(۱) نہ جناب اَندرِیم کِنہٕ نیٚبرِیم۔

(دوشوٗے رسیوٗر ہیتھ اکھ اَکس نزدیکھ یِوان)

(۱) ہَے افسوس ژےٚ چھُکھ مےٚ ٹیلی فون کران۔

(۲) تہٕ بےٚ چھُسے ژےٚ ٹیلی فون کران۔

(دوشوٗے اَکھی حالتس مُنز اَسان)

(R) (اَندرِمہٕ دَرواز نیران) NON SENSE۔ تیٚژر نہٕ چھُنا توہہٕ عقل تلا کنہہ ٹیلی فونس کمہٕ وِزِ چھِے رِنگ گژھان۔ توہہٕ آسہٕ دوشوٗنی زر۔

(۱) تہٕ (۲) چھِ وارِ وارِ ٹیلی فون رسیوٗر ریٚت پٔنِنہٕ جایہٕ تھاوان)

(۱) نہ جناب۔ زر چھُنہٕ۔ بوزان چھِ۔ مگر ٹیٚلہٕ چھُ گژھان کنہہ ٹیلی فونس چھِے رِنگ گژھان۔ یِمن چھِےٚ ترِ یِشوٗنی ٹیلی فونَن کُنی بأش گاہٕرٕ (زِ ہیٚس کُن) جِس گژھ کرُن کُس ٹیلی فون چھُ کمہٕ وِزِ ژلُن۔ ترِے فون گژھن نہٕ اَکی وِزِ وَزٕنی۔

(۲) جناب پہٕ اوس کُس تام بے رِپد انگریزی بولان۔ خبر کیاہ وَوٗنُن۔

Ⓡ - NON SENSE

① یُس اوس تُسہ اوس ژٕ تے کیاہ کری ۔ انگریزی پوشہِ سہ دُمرِ خبر کمہِ دوٚہہ گژھِس زبان ٹھنڈی ۔ کاشُرِ تہِ تگیس نہٕ ۔ کینہِ غلط ووٚنم جناب ۔

② حق تہِ پوٚز جناب ۔

Ⓡ NON SENSE - ( اَندر ہیوان اژُن )

( ٹیلی فون رِنگ )

Ⓡ ( رِنگ بوزِتھ واپس یوان ) ۔ ہیلو ۔ ہیلو ۔ اچھا ۔ اچھا ۔ واہ ۔ نوازش ۔ یہ گو تۄہہِ پیٹھ گرِ ۔ کانْہہ پرواے چھُنہٕ ۔ مشوٗرٕ کیاز دِمونہٕ ۔ تیز جلدی چھُنہٕ ۔ وونی ڈیپو میٹاٗنی کتھ پھرِ نہٕ کانْہہ ۔ تیوٚت پرٛیتھ چھُ اچھا ۔ نہٕ نہٕ ۔ ساری کتھ چھ اَہنی ۔ زِ ژور ژٕنی رِ تہٕ لگرِ نہٕ کرُن ۔ یہ کرُن آسہِ تہٕ گژھِ لوٚت پاٹھۍ کرُن ۔ ٹھیکھ ۔ ہاں ۔ ژورِ بجہِ ۔ اچھا ۔ آداب عرض ۔

( نیبران )

① چھُکھ وُچھان کوتاہ خوٗلقی چھ } ASIDE

② واہ واہ تریم فِکرِ

( ٹیلی فون رِنگ )

Ⓡ ہیلو ۔ اوہو ۔ اَز کتھ پیٹھ آسی یاد پییمتی ۔ اَکھ چھ اُس تنگی پہن ۔ آ ۔ اَز تام وُچھم نہٕ یمن رٕژتن کینْہہ ۔ اچھا ۔ اوکے ۔ یہ کوسہ بَڈ کتھ چھیٚے ۔ ہٕ وَنس پانے ۔ کوتاہ ۔ ژور کنال ۔ بس ۔ گرٕو تۄہی کام شروٗع ۔ گابرُن چھُنہٕ ۔ میون گو مشوٗرٕ ۔ ظاہِر پھِرِن نہٕ کینْہہ — کھوژُن لگِ نہٕ ۔ حق یہ آسہِ ۔ زٕنی شتے مرِ اَذ نوکھ ۔ جلوٗس ما چھ — ٹھیکھ چھ ۔ پانژہ بجے ۔ اچھا ۔ آداب عرض ۔ ( نیبران )

① لوٗکھے لوکھ۔ لوٗکہِ اَرسانہٕ

ASIDE

② روٗپیےٚ روٗپیہِ۔ روٗپیہِ اَنبار

(ٹیلی فون رِنگ)

Ⓡ ہیلو۔ ہاں۔ اَز کمہٕ پیٹھ۔ اِتھہ۔ کمُ زیادٕ چھِم کُنن گومُت۔ ٹھیکھ
اُسی گیہٕ تابعدار۔ یہ جناب اُسہِ تام آسہِ تہٕ کرِو۔ اَدٕ اَز توٗ سیتی۔ اَوڈٕ
چھُہ اَمانتھ۔ نہ۔ نہ۔ اَز نہٕ کینٛہہ۔ یہٕ چھُس آوٗر۔ ساری حاجتہٕ مُنٛد۔
یکُت گژھہ کرُن۔ توٗہہ چھُہ کوٗر لاگہٕ۔ ہنگرٕ ماچھ۔ ہا۔ ہا۔ ہا۔ چیتھُن پیٹھ۔
اَز۔ اَچھا۔ ترِٛلے بجے۔ توٗہہ کیاہ وَتہٕ چھا ہاوِتھ۔ اَچھا۔ آداب عرض۔

(نیران)

① یہے تِرٛپہ تِرٛپہ چھُنہٕ آسان۔

ASIDE

② اُمس ما پیوان مینگُن مالِش کرِنہٕ شامَن

① کرٕ دَم۔

Ⓡ (واپس ہیٖو زَن یِوان) ژورٕ ہرد ژہے گژھہ نیار روزُن۔

① بہتر جناب۔

② (راداں ہیٖو) کمہِ خاطرٕ۔

① لامہٕ گژھنہٕ خاطرٕ۔ ژےٚ دوٗنے ناپہ یہٕ کرِتی چھُہے ژےٚ تہٕ کرُن۔ پَتھ
مُہم ہاوی پانے دُتھ۔ ہا۔ ہا۔ ہا۔

(ساری ڈرامہچ عمل چھُنہٕ بند گژھان)

زندہ باد۔ زندہ باد۔ زندہ باد۔

① ② پریشان گژھان تہٕ اورٕ یور پھیران)

(R) ( اَندرِ مہ دَرواز نیبران ) پُلو چھا تیار۔

(1) جناب ناہ بہ تاہ۔

(R) ( کمرس ڈُچھن کھوورٕ وُچھان )

(1) زِ مِنٹ جناب! ( دَروازس کُن گژھان تہٕ واپس یِتھ، کمرکی ساری
کلینڈر تُلان تہٕ اَتہِ تھاوان صِرف اِسلأمی کلینڈر۔ اَمہِ سِتی چھُ
نُنان زِ مُسلمان وَفد چھُ یِنہٕ وول )

(1) ہے یم رُکاوُکھ سأ۔ یِنہٕ عانہٕ موقعس پیٹھ اَثار اژان۔ سر پُھٹیج
پێنیہِ وَتہٕ ہیٹھ۔

( نمبر ا چھُ اُمس ٧ - ٣ دیوارس اَندر نِوان، کھوورٕ طرفہٕ
تہٕ ڈُچھنہِ طرفہٕ کڈان۔ نفیس پُلو تہٕ رُومی ٹوپی یا قراقلی لأگتھ
یِوان تہٕ بہان )

(1) واہ ۔ ہتھ فی صدی جناب۔ نٔی کاپی۔

(2) ( راوان ہیئو زِ یہ کیاہ ڈَلیل چھنہٕ

(R) NON SENSE

(1) ( دَروازس تَش گژھان ) اُژو۔ اُژو جناب۔

( اکھ بزرگ چھُ اژان۔ پوشاکہِ کنہٕ مُسلمان تہٕ اُمس سِتی ترٔے زُور )

(ML) اَسلام علیکُم!

(R) وَعلیکم سَلام! اَز کیتھ کٔنہ بَخشوٗ دیدار۔ واللہ چھیۓ اَز عید بان۔

(ML) اللہ تعالےٰ گژھِ تُہند سایہ پوشہٕ ناوُن۔

(R) کرِی تو حُکم۔ تۄہی کیاہ کرِو نوش۔ سون گرٕ چھُ سادٕ تہٕ غذا تہٕ چھُ سادٕ۔

(ML) بس عنایتھ۔

(R) مسلہٕ کیاہ چھُ۔

(ML) ہُ کرٕ بیان ۔ مدلل بوزنس سوٚنب چھا تُہہِ فرصت کینہہ موختصر کرٕو کینژن الفاظن منز بیان۔

(R) ییتھٕ پاٹھی توہہ مرضی سپدیو۔

(ML) واللہ چھ تُہُنز عنایت۔ تُہنٛد گوش گذار سپدٕنے گو مسلہٕ حل سپدُن۔

(R) فرماٚیو۔

(ML) دلیل چھےٚ سیٹھاہ موختصر۔ اپارِ کدلہٕ ترٛتھ یُس متنازعہ محلہٕ چھ اتھ چھ اہلِ اسلامکی ژۄدٕر کنال زمین۔ یم چھ باضابطہٕ محکمہٕ مالہٕ کس رکارڈس منز درج۔ منتقلی ہندی کاغذ چھ بہ زیرِ غور سرکار۔ اَمہِ چھےٚ جلدی ساٚنۍ شری چھ بے راہ روگاہتی۔ کم زیادٕ حیا اگر چھکھ سُہ چھ تبلیغ کینہہ ممکن سپدمت۔ تُہنٛدِ بزرگی ہُند چھکھ سرح لحاظ۔

(R) صحی چھُ۔

(ML) اَسی چھ یژھان زِ اتھ زمینس پیٹھ بناوو اکھ جدید طرزک درسگاہ۔ یتھ زن تبلیغ تہٕ تلقین خاطرٕ اکھ خصوصی تہٕ مرکزی جاے مقرر سپدِ۔ پوٚنسہٕ چھنہٕ کانٛہہ مسلہٕ۔

(R) اکھ کتھ۔ یہ ژٕ توٚ زِ . . . . . .

(ML) بلکل۔ تُہنٛدِن شبہاتن کڈٕ ہُ پھُٹ۔

(R) فیصلہٕ چھُ صحی۔ مےٚ چھےٚ پانس خبر زِ محکمہٕ مالہٕ کین کاغذاتن منز چھیہ یہ زمین ساناہ ناوٕ درج۔

(ML) نوٗرٕ نوٗر۔ اللہ۔ نوٗر۔ مگر مسلہٕ چھ زِ دکنس تل گژھان نہٕ ونان)

(R) ہا۔ ہا۔ ہا۔ سیٹھا لوٚکُٹ مسلہٕ۔

(ML) توٚہی چھِو سانٛہِ دَتہٕ ہاوِکۍ۔ بُزرگ۔ ہاوِنہٕ باوِنہٕ لایق زٕٹھۍ۔ تم سمکھاوِ ہوٚکھ پلنے۔ یہ اِمداد چھُ توٚہہِ کرُن۔

(R) میانہِ خاطرٕ کیاہ آسہِ اَمہِ کھوتہٕ خوٚشی ہنٛز کتھ۔

(ML) تہٕ فاصلہٕ کیاہ کٔرو۔

(R) یمَن کیتھَن چھُنہٕ فاصلہٕ سپدان۔ اَسہِ چھ بٔڈۍ بٔڈۍ معرکہٕ سر کٔرۍ متۍ۔ توٚارٕ یخ پٔرو۔ ییلہِ ییلہِ اِسلامَس پیٹھ کانٛہہ یلغار سپُد۔ مجاہد سپدۍ کھڑا۔ مُقابلہٕ کٔرِتھ کوٚر کھ حق حاصل۔

(ML) نوٗرٕ سے نوٗر۔ اللہ نوٗر۔

(R) توٚہی کٔرِو کھ مُجاہد تیار۔ بنأوِو درسگاہ۔ پَتہٕ بوزِو کُس پکہِ بڑوٗنہہ۔ دیوار بٔندی تہِ کٔرو۔ یہٕ چھُس توٚہہ عرضی۔

(ML) مشوٗرٕ چھُ رُت۔ زٕرین مشوٗرٕ۔ او۔ بیاکھ کتھ۔ اَسہِ پیٹھ گژھہ نہٕ کانٛہہ حرف یُن۔

(R) حرف کیاز یِیہ۔ یہ چھے جمہوٗریت جمہوٗریت گیہِ اکثریت تہٕ اکثریتک یہ فاصلہٕ آسہِ تی گژھہ بامل یُن۔ یہ چھے سانٛہِ زمین۔ سرکأرۍ زمین۔ یہ اِسلأمی درسگاہ بناونہٕ خاطرٕ منتقل کٔرِنہٕ گیہٕ میأنۍ کام۔

(ML) او۔ بیاکھ کتھ (اَکِس تہٕ دوٚیمِس کُن وُچھان) یِم مطلب۔

(R) یِم چھ اَسہِ پننۍ نفر۔

(ML) اَسہِ چھُ کینٛہہ تعمیری فنڈ تہٕ جمع کوٚرمُت۔ چوٗنکہِ توٚہی چھِو اَسہِ مُشر با اثر تہٕ باپٔژھ بزرگ۔ یِم کٔرۍ توٚ پانے خرچ۔ (رقمہ پیہ کڈان)

(R) اوہو۔ یہٕ چھُس نہٕ یِم بار پالنَس ہیٛتھ یژھان ہیٛنی۔ باقی گوٚ سوٗ خنے یہ کینٛہہ ژھا ممکن آسہِ یہٕ چھُس تیار۔

ML ٲہند سوٕخن مُبارکھ۔ یہ رَقم تہٕ گژھہٕ تُہندِ دستہٕ شریفہٕ سیٖتی صَرف سَپدُن۔ اَسہِ سَپدِ اطمینان۔

ا جناب صحی چھِ یِم فرماوان۔

ML آفرین تہٕ مرحبا۔ اَسہِ دِیو اجازت۔ شام ڈلِتھ کرو تۄہی موقہٕ مُلاحظہٕ۔

R انشا اللہ (ٲمِس سیٖتی نیٖران تہٕ دالپس یوان)

(ٲتھی مَنٛز اَکھ لڑکی دِلچسپ تہٕ نفیس پوشاکھ لاگِتھ اَنٛدر اژان)

لڑکی:۔ (ٲمِسندِ اَنٛدر اژنگ انداز چھُ بدلے)۔ ڈارلنگ (رو ہیٚن کُن نظر ترٛاوان)۔ ڈارلنگ (برونہہ کُن یوان تہٕ R ٲمِس نَرِ زِ گردنہٕ مَنٛز ترٛاوان) ڈارلنگ۔ یُو کیپٹ می ویٹنگ (YOU KEPT ME WAITING)

ا تہٕ ۲ زَن ژٕہتھ گژھان۔ اَکھ ٲکِس کُن وُچھان ا چھُ اُچھن تھۄپ دِوان تہٕ ۲ چھُ کَنَن اَونٛگجہِ برَان۔

R اوٚہو۔ ژٕ کیازِ آیکھ یور۔

لڑکی بہٕ کیٚتس کالس کرہا انتظار۔ تۄہی کونہٕ آو۔

R اوٚہو (پریشان گژھان) بہٕ اوسُس آمُت۔ I AM BUSY

لڑکی:۔ ڈارلنگ (ٲمِس سیٖتی زَن گنٛدان تہٕ وارِ وارِ 3-4 دیوارس پتھ کُن نوان۔ دوشوٕے زَن غاب گژھان۔ بیٚیہ طرفہٕ یِم نیٖران۔ لڑکی چھِ مستس پٕژِ پار آسان گومُت)

(رومانٹک میوزک)

R RELAX ۔ بیٚہہ بیٚتھ۔

لڑکی۔ BUT YOU ARE BUSY

R اوٚہو ——— I AM REALLY BUSY

لڑکی ماوکے۔ ڈارلنگ (ٹیبلہٕ پیٹھہٕ روپیہ بنڈل نوان تہٕ نیران۔

درواز پیٹھہٕ وَنان)۔ SEE YOU DARLING۔

(R) (وارٕ وارٕ روپیہ وُٹان تہٕ اندرٕ مس دروازس پیٹھ واتان ہنگہٕ منگہ پَرد مَنٛزٕ زٕ خوبصورتھ لڑکی اَتھ نیران، ہنگرٕ تہٕ واجہ لاگتھ۔ سارٕینٛے روپیہ چھٕ یمہ نٕے اَتھن یوان دِنہٕ۔ اَتھ چھ اَندر اژان تہٕ (R) چھ واپس پھیرتھ فاتحانہٕ اَسن ترٛاوان)۔ ہا۔ ہا۔ ہا (نیٛبرٕ شور گرٛزھان) زندہ باد۔ زندہ باد۔ زندہ باد۔

(۱) } (دوٕ شوٕے چھ تھوٚد ووٚتھان۔ دَروازس کُن نَظر دِوان۔

(۲) } دَفتَرٕچ شناخت کَران تہٕ تمی آیہ کمرُک ماحول تہٕ کلنڈر بیتر بدلاوان)

(R) NON SENSE۔ میٛون پٛاراد کتہٕ چھُ۔

(۱) اَکھ منٹ جناب۔

(۲) زٕ منٹ جناب۔

( (۱) چھُ اَمس۔ ۲۔ تَمہٕ سُتوٕنس پتھ کُن نوان تہٕ رُخ بدلاوِتھ ژٕھپھنہٕ کِنہٕ گژھان)

(۱) (بُروٚنہ کُن اَنتھ) آہا۔ آہا۔ شرطیہٕ نئی کاپی

(۲) حضور توٚہی کم چھوٕ۔

(۱) چشمہ کَر استعمال۔

(۲) پرٛائی بَہرٕوٚپ چھ کتھاہ۔

(R) NON SENSE (نیٛبرٕ کو شور گرٛزھان)

زندہ باد۔ زندہ باد۔ زندہ باد

(۲،۱) اوٗہو۔ اَسی چھ تیار۔

(۱) لوکھے لوٗکھ جناب۔ لوکہ ارساتھ۔ آنگن چھ برِتھ۔

(۲) روپیہ روپیہ، روپیہ اَنبار جناب۔

(R) NON SENSE

(۱) (دوازس کُن گژھتھ) اُڑو اُڑو جناب۔

(ژوٗر نفر اژان تہ یمن منز اَکھ زنان زیٹھ باسان)

(R) ڈٲلو، ڈٲلو۔ اوٗہو۔ اَز کیتھ کنی کھوت سانہ آنگنس کیٛنژ بھریہ۔ اَز کتھ پلیٹھ اَتو گژھیہ۔

(HL) توہیہ رُمہ رلیشن آسے۔ توہیہ دایے تہ موہنوی۔ ڈیکہ بجر۔ توہیہ ہوس وپدوان سُندر درشن میلُن گو تپسیا سپھل سپدنی۔ اسہ چھنے وہنتی رژھ ہنا۔

(R) کرِی تو حکم۔ سیوک چھ حاضر۔

(HL) کیاہ چھو کران۔ سیوک گے اَسی۔ راژ سوستے پرژا سوستے۔ دلشہ سوستے تھۍ وژا۔

(R) ملکس تہ براددی گژھہ سوکھ واتُن۔ سے گو سون سوکھ۔ توہی فرماوِو اسہ کیاہ آگیا چھ۔

(HL) جناب۔ وہنتی چھنے اگر ونی کنس براذری اَتھ روٹ سپدِ۔ اَسی ساری گژھو خراب۔ سانہ سنکرتی واتہ دوار۔ ترٹی سپدن۔

(R) توہی کرِو حکم۔ یہ کیاہ ہیکہ کرِتھ۔

(HL) توہیہ کیاہ چھو ونُن۔ توہیہ چھنے سارے خبرے۔ کُڈلہ اپارِ چھ ڈچھنہ کنہ زمین ژدر کنال۔ پُشت در پُشت چھ اَسی آمتی اَتھ بڑونہ کنہ

یارٕ بلس بیٹھ سمسکار تہٕ سنسکار کران ۔ اَز چھُنہٕ تران فکرِ گوٗ کیاہ ۔
زٕمین چھےٚ ساںٛنۍ ۔ محکمے مال کین ریکارڈن منز ۔ تی چھہ بوزان ۔

(R) تۄہہِ کیاہ زٕن چھہ کرُن ۔

(HL) اَسہِ جناب چھُ ارادٕ اُتیتھ اکھ دھرم سال تہٕ گیتا بھون بناوُنک ۔

(R) کرِو تۄ شری گنیش ۔

(HL) سمسیا یہ چھنا جناب

(R) کیاہ ہش ۔

(HL) (کنس تُل وَنان)

(R) اوٗہو ۔ مےٚ زٕ کیاہ ۔ اَتھ کیاہ چھُ سوچُن ۔ چھ کم تم ۔ اَسہِ کیاہ کرُن ۔
یہ چھےٚ تۄہۍ کٲم ۔ سماج سُدھارُچ کٲم ۔

(HL) فٲصلہٕ ۔

(R) فٲصلس کیٛتھ چھُ پرارُن ۔ یی سوٗنچ سوٗنچ کۄر اَسہِ پننس دھرمس
کھنڈن ۔ یہ سوٗنچ نہٕ اَسہِ زانہہ زٕ اَسی چھ اقلیت ۔ اکثریتک فرض
چھُ اقلیت پھانپھلاوٕنی ۔ یِہنٛد وَتہٕ ہاوُک بنُن ۔ یہ چھُ دھرم ۔

(HL) گمر یہ گوٚژھہ نہٕ لڑایہ پیٚٹھ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔

(R) اوٗہو ۔ تۄہۍ کوٚتہٕ اِنہہ سُنس کٕن وُچھان ۔ حق تلاٗفی ییلہٕ ییلہٕ سپنز
ہندوٗ دھرمس منز ساکھشات بھگوان آے کمزورن نٲرتس ۔ تیلہٕ
ییلہٕ تمہِ پانہٕ ہمت کرٕ ۔ تۄہہِ چھا ہھارتک یوٚد دشتھ گومُت ۔

(HL) واہ ۔ تۄہہِ ژٕش بیٚتھ چھُ انسان ترپتھ سپدان ۔

(R) براد‌ری ہندۍ جوان کرِیکھ یکہٕ وٹہٕ ۔ یوٚد لڑِو ۔ دھرمک یوٚد ۔
انصافُک یوٚد ۔ سوے یم سیوٚک بناوِیوکھ ۔ پتہٕ وُچھوکتہٕ کیاہ سپدِ ۔

بُہ چھُس تِوہہ سِتی۔ یہِ مۓ تام آسہِ تہٕ چھُ مۓ کرُن۔ سِنسِتھا یہ خاطرٕ کرِو چینٛدٕ۔ کام کرِو شروع۔

(ML) روٗپیَن ہنٛد چھُنہٕ کانٛہہ مسلہٕ۔ (ہیٚاکھ زوٗن روٗپیہِ کڈان)

(R) (روٗپیہِ وُچھتھ) اوٚہو۔ بہٕ چھُس داس برادری ہُنٛد۔ مگر یمہٕ روٗپیہِ مۓ کیاہ چھُ کرُن۔

(ML) یمَن کرِو شوٗدی۔ پنٛنہٕ اَتھہٕ کرِو خرچ برچ۔ اَسہِ تہٕ روزِ تسلاہ۔ او۔

(R) نہٕ نہٕ۔ یہ۔ اوٚہو۔ یہ چھُنہٕ جایز۔

(ML) جایز کیاہ چھُ تہٕ کیاہ چھُنہٕ تِوہہ پرژھ نہٕ کانٛہہ۔ سانہٕ دِسی گرٛژھ نہٕ کانٛہہ اُتر گرٛژھن۔

(۱) دوٚنی جناب۔ یٚیلہٕ یِم وَنان چھِ۔ اَتھ منٛز کیاہ حرج چھُ۔ یمَن چھِ تِوہہ پیٚٹھ پٔرژھ۔

(۲) حق تہٕ پوٚز جناب۔

(ML) ژٕ بوٚڑ آے۔ دلے۔ ڈیکہٕ بوٚڑ۔ اَتی گوٚ اَکھ تہٕ اَکھ کاہ۔ تیٚلہٕ چھا مۓ اِجازتھ۔ اَسی کرِو کام شروع۔ جوان ہَتہٕ شتھ نفوون اَتی کھڑا۔ خبر چھا۔

(R) بلکل۔ میٚون چھُ اِجازتھ۔

(ML) اَچھا نمسکار۔ (سارِی نیران)

(۱) (ٹنگ ہیوٗ سیدان)۔ مۓ۔ مۓ۔ جناب اوس عرض۔ یمَن اگر درس گاہ نہٕ دھرم سالہٕ بناوُنک شوق چھُ۔ یِم کیاز نہٕ گرٕ بناوان۔ سرکارٕی زمینس کیاز پتے۔

(R) ژٕ تٕرنے نہٕ یمہٕ کنہِ فکرٕ۔ NON SENSE۔ درس گاہ تہٕ

دھرم سالہ چھپے سیٹھا قسوٗر وٗری۔ اسہ چھُپنا زٕنہٕ روزٕن۔

(۲) تُہند سایہ گرٕتھ پوشُن۔ اَدٕ وندنلہٕ بیہ قوم۔

(اُتھی مَنٛزٕ چھپے اَکھ ماڈرن ڈرِس لاگِتھ لڑکی اَندر اَژان
تیٚمبرِ مہ دَرواز بَنی)

کوٗر: اوٚہو۔ ڈیڈی۔

(R)، وٕنِ موٗل

کوٗر: (روٗہ پیہٕ وُچھنہ) ڈیڈی۔ مے کرے ہوٚ رِنگ۔ بہ گَیس سیٚخ تنگ۔ مےٚ گیہ آکوارڈ (AWKWARD) پوزیشن۔

(R) BUT WHY۔ کیازِ؟

کوٗر۔ سارٕہے کرٕپا نٛژھ پانٛژھ پونڈ۔ مےٚ آسی نژٕے۔ وُنی آیس بہانہٕ کرِتھ واپس۔ تہٕم کیاہ نظر کرِن آسہٕ۔

(R) اوہو (اورٕ یورٕ پکان) وونٕی کیاہ مطلب چھُ۔

کوٗر۔ ڈیڈی! توٚہہ زانِہٕ دُنیا۔ تُہندی کہٕ زانہٕ میٚیتہٕ اوٚڈ دُنیا۔ ساری چھ ہزاران زٕ بہ کیاہ کرٕ پڑزنٹ۔ مےٚ گژھن بیٚیہ زٕ پونڈ۔

LEAST THREE THOUSAND RUPEES

(R) مگر وُنی کین کتہٕ بنَن۔

کوٗر۔ (روٗہ پیٚن گندان تہٕ گیٚنڈ گیٚنڈ کران نژٕے بنڈل ہیٚتھ نیران۔ موٗل چھُ ششدر ہیوٗ وُچھان روزان)۔

[(۱) تہٕ (۲) چھ اُس بند کرِتھ وُٹھن پیٹھ اوٚنگج تھاوان ظاہر کران زِ اَسہِ پزِ نہٕ اَتھ ماملس منٛز بولُن]۔

(R) (روٗہ پیہٕ سوٗ شبراوان تہٕ وارٕ وارٕ اَندرٕ مہٕ دَرواز اَژان۔ بیٚیہ چھ نسوانی

(۲ شوٗبہ دار اَتھ پرد منٛز نیران تہٕ Ⓡ چھُ روٗپیہٕ اَتھَن دِوان)

(اَتھی منٛز نیٛبر کِنۍ آواز گژھان)

زندہ باد۔ زِندہ باد۔ زندہ باد۔

Ⓡ (بانبران) اوٚہو۔ NON SENSE۔ رُٹِن یِم۔ جلدی کرِو۔

① یِم جناب چھِ (دَرواز پیٹھہٕ وُچھتھ یِوان)۔

Ⓡ مےٚ چھُ پَتاہ۔ کَم چھِ۔

① جناب اَکھ مِنٹ

② جناب زٕ مِنٹ

(کمرُک سورُے ماحول چھُ ڈالنہٕ یِوان۔ ساری کلنڈر تُلان تہٕ اَتہٕ تھاوان حرف گوروجی سُنٛد کلینڈر۔ اَکھ صاف شفاف سَفید دٕج اَنان۔ یہٕ تھاوان Ⓡ ہَس کلَس پیٹھہٕ تہٕ کلنڈرس تلہٕ کنہٕ بیٛہناوان)

① (دَروازس نِش گژھتھ)۔ اُٹِھو اُٹِھو جناب۔ بِلکُل چھُ تُہُنٛد انتظار سپدان۔

② (دَروازس نِش گژِھتھ)۔ اُٹِھو، اُٹِھو۔ جناب بِلکُل چھُ انتظار سپدان۔

سردار:۔ (اژان اَژان) مُبارکاں جناب۔ لکھ لکھ وارے مُبارکاں تُساں بھی مُبارکاں کرچھڈوجی۔

Ⓡ (تھوٚد وۄتھان) اوٚہو۔ گیانی جی (نالہٕ موٚت کران) (نالہٕ موٚت کٔرِتھ چھُ سردار جی اُمِس روٗپیہٕ مال نٲلۍ تراوان)۔ کری تو حُکُم گیانی جی۔ کام کوٚت واتیٚ۔

سردار: بس جناب مَن، تہُنٛدِس مشورس کیا چھُ وَنُن۔ اَسِہ دِژ زمینس اُندی تار بندی۔ وِچوں وِچ خالصا جھنڈا کھڑا کیتا۔

کرناکی سی ۔ سٹرکہ پیٹھہِ ٹھوس خالصا سبھا بناونہٕ خاطرٕ چنٛدٕ جمع
کرٕنٛج اپیل ۔ باقی چھُ توہہِ تام ۔ اَسہِ کوٚرتی یہ توہہِ ووٚنُو ۔

(R) کانٛہہ مُشکِل ما آو پیش ۔

سردار ۔ تِمہ چھِو توٚہی ذمہٕ دار ۔ مُشکِل پیٚیہ توہہِ ییٚیہ ۔ اَسہِ گژھہِ مسلہِ حل پیدُن ۔

(R) اوٚہو! گیانی جی نِنہٕ گیاہ گژھہِ (دکنس تَل گیاہ تام ونان)

سردار ۔ فکر کی کوئی گل نہیں ۔ چوکیدار ٹھوٗس رآ چھ ۔ سردار لڑکن ٹھوس
تربیہ تربیہ گنٹہٕ پتہٕ غارتھ ڈیوٹی ۔ اُدنا نوٚں کالج جانا بنٛد کیتا ۔
میں نوٚں آرڈر پاس کیتا ۔

(R) ویل ڈَن گیانی جی ۔

سردار :۔ جناب مَن ۔ اَسی چھِ خالصا ۔ زنانہ موٚہنوِ ما چھِ ۔

(R) واہ گورو دا خالصا ۔ واہ گورو دی فتح ۔

سردار :۔ جناب اَکھ مَشوٗرٕ چھُ ۔ اَسی ہانوں وِلے بجن کیرتن شروع کراں گے ۔
لوڈ سپیکر چھِ لاگِمتی ۔ اَز شامَن چھُ خالصا برادری ہُنٛد جلسہٕ جناب
دی حاضری بڑی IMPORTANT ہے ۔

(R) گیانی جی توہہِ چھُ پتاہ ۔ یہٕ چھُس نہٕ کُن گژھان ۔ یہٕ چھُس ساریے کام
یتیمی ڈرایئنگ روٗمہٕ بیٚٹھِتھ کران ۔ توٚہی کرِو اَکھ کام ۔ پرشاد اِدھر بیج دو ۔

سردار :۔ جیسے بھی جناب دی مرضی ہووے (ووٚتھان تہٕ نیران)

(R چھُ اندرکُن اَژُن ہیوان ـــ)

(① تہٕ ② چھِ کمرٕ ٹھیکہ ٹھاکہ کرنہٕ باپتھ اوٚرٕ یور کران)

(وقفہٕ)

(نیٚبرٕ چھےٚ آوازٕ گژھان)

مُردہ باد۔ مُردہ باد۔ مُردہ باد

(اکہ کرس منٛز چھُ ماحول بدلان۔ ① تہٕ ② چھ پریشان اد پور
دوان۔ R چھ اندرِمِس درواژس نِشہٕ وٚٹھِتھ ہیوٚ گژھان۔ اکھ تہٕ
چھ گرا نیٚبر نیٚبران تہٕ گرا اندر اژان۔ ماحول چھُ خاص موسیقی سیٚتی
سنجیدٕ بناونہٕ یوان۔ ساری چھ اکھ اکس کُن اچھ گرٕ گرٕ وُچھان)
(حالانکہ چھ امی آیہ قرارس زٕ R چھُ منا سنبھالِتھ کٔتھ کران)

Ⓡ روزِتھ کیازٕ گوٚ۔

① جناب کتھ چھ تژھ۔ (نیٚبرٕ چھُ شور جٲری)
مردہ باد۔ مردہ باد۔ مردہ باد

Ⓡ دلیل کیاہ چھ۔

② نی پنہٕ سپدُن گوٚژھ۔

Ⓡ NON SENSE۔ سپدِ کیاہ۔

① جناب لُکھ لُکھ۔ لُکہ ارسانہٕ۔ تُہنٛد۔ مطلب تُہنٛد صاحبزادٕ چھُکھ
بڑوٚ ٹھہ بڑوٚ ٹھہ وتہٕ ہاوُک (نیٚبر کُن نظر دِوان) لُکھ چھ بے تحاشا یوان لگان۔

Ⓡ NON SENSE۔ لُس نتیجہٕ منے از پانژہ وری بروٚنٛہہ پژِتھ دِتھ گرٕ گوٚ ڈ
سُہ کمہٕ بُتھہٕ اژِ ییتہ گرس منٛز (پریشان گژھان) میون رُخ کتہٕ چھُ۔
① تہٕ ② اکھ اکس کُن لاچٲری منٛز وُچھان تہٕ اد پور کران)

① ژٕ جناب (مسلمان ٹوٗپی انان)

② اوہو۔ باپٔتھٕ مہ کر۔ (پریشان گژھان تہٕ درواژن کُنی نظر دِوان) دفعہ ما
چھُ مُسلمانٔن ہُنٛد۔

① اکھ منٹ جناب (R۔ دیوارس پتہٕ کُن گژھان)

② جلدی کر۔ بُتھ نہ نار دامنی اژِ۔

(R) تہٕ نالہٕ کِنۍ ژھھٹھ کَڈِ۔ (پریشان)

(۱) ژٕڈو جناب۔ (یہ چھےٚ گاندھی ٹوٗپ آسان)

(۲) وَنہٕ کیٛاہ آدَم۔ بانٛبَرمہٕ۔ (دَرواز کِنۍ وُچھان) وَفدا ماچھ ہیٚندِ ہُنٛد۔

(R) اڈٕہو۔ NON SENSE۔ یہٕ چھ مٮ۪ے لوگمُت۔

(۱) اَکھ مِنٹ جناب۔ (دیوارَس پتھ کُن گژھان)

(۲) جلدی کَر۔ یُتھ نہٕ شیٖشہٕ عمارژ ڈُبہٕ ڈاس کَرن۔

(R) NON SENSE۔ نارٕ وِزی چھِہو کیٛوٚر کھُنان۔

(۲) ۔نہٕ جناب خبَر ما چھ کَر باگ لگہٕ نار۔

(R) NON SENSE

(۱) ژٕڈِو جناب۔ (یہ چھےٚ صِرف سفید ڈج آسان)

(۲) اڈٕہو۔ وُمرچِھتھ چھُمبی کَرٕہٕ ژ۔ یہ ما چھُ سَردارَن ہُنٛد وَفد۔

(R) شَٹ اَپ۔ NON SENSE۔ یہٕ چھُ اَزموٗدمُت۔

(۱) نہٕ جناب اَمہٕ عَلاوٕ چھُ کیاہ تی دِمو۔

(۲) عیٖنِ وَقتَس پیٚٹھ گوٚ اَثر۔

(۱) وُمرہٕ ہٕنٛز عبا دَتھ گَیہٕ کوٚلہٕ۔

(ینٛبَرٕ کِنۍ چھُ شور) مردہ باد ...... مُردہ باد ...... مُردہ باد

(کمرس مَنٛز چھُ ماحول بیٚیہ ہَن تہٕ TENSE گژھان)

(R) مالامال کَرَوٕ۔ اگر وُنی کیٛنٛس پَننہٕ وَفاداری ہُنٛد ثبوٗت دِیو۔

(۱) (دیوارَس پیٚٹھ کُن گژھان تہٕ اورٕ اَنان اَکھ سفید شیٖن ہِش لَنٛجھ ژادَر)

(۲) واہ۔ بَس جناب۔ گَڈِو پَلَو۔ یہ چھُ آخری رَخت۔

(رٕپٹلوٗنہٕ وَرٲے ساری پَلَو کَڈان تہٕ ① تہٕ ② اَمِس ژادَر وَلنَس مَدد کَران)

شاباش۔ دلیر۔ بہادرو۔ شاباش۔ دروازٕ کٔرو بنٛد۔

(اُتھی اَشناہَس منٛز چھُ نیٚبرٕ دروازٕ کِنی اَکھ نوجوان اَژان۔

حساس۔ اَزی چھُ پُھیرٕ ہُنٛد)

نوجوان برونٛہہ روزن یِم دروازٕ یَلہٕ۔

Ⓡ (اَکِس تہٕ دوٚیمِس کُن) اُمِس ڈیٛو میانہِ نظرٕ دور گژھن۔ یہٕ چھُس نہٕ یمو چشمو اُمی منٛز ناپاک حیثیت وُچھنی یژھان۔ یہٕ چھُ میانہِ خاطرٕ تمی دوٚہہ موٗد مُت ییمہٕ دوٚہہ میٚنے اُمِس پرٛتھکھ دیُت۔

نوجوان :- چمچو اُمِس وُنو۔ یہٕ چھُس نہٕ یتھ ڈرائینگ روٗمس منٛزٕ لِس تعمیری فنڈ تہٕ دان پاتر ستی بناونہٕ چھُ آمُت بحیثیت اُمی سُنٛد پرٛتکھ دیٚتمُت نیٚچو کھوڑا۔ یہٕ چھُس تمِس عام شہری سُنٛدِس حیثیتس منٛز یتھ سرکلہٕ اَلِس منٛز آمُت ییٚمہِ انسانی قدرن ہنٛز راچھ کرٕنی پننُن نصب العین بنوومُت چھُ ـــــــ

یہٕ سُتھ کلہٕ کٔرتھ سرکھ فناہ کرُن آسہِ میانہِ خاطرٕ فخر۔ تہٕ اُمی سُنٛد موت چھُ ہمُن اَنِتہٕ)

(نیٚبرٕ چھُ لُکن ہنٛد شور تیزان)

مردہ باد۔ مُردہ باد۔ مُردہ باد

(اُتھی ستی چھُ گیانی جی۔ پنڈت جی تہٕ خواجہ صاب اَژان)

اَکھ اَکِس کُن فاتحانہٕ نظرٕ وُچھان۔

Ⓡ پیچھے جس دحرکت وٚلسی ہیو گژھان ادرٕ یور کران تہٕ اَخرس پیٹھ اَندرٕ مس دروازس نِشس وانان۔ دروازس ٹھکہٕ ٹھکہٕ کران۔

لاچار پاٹھی وُچھان)

① تہٕ ② :- ردوٚ شوٗنٛز زن چھُ ژوٗرٕ رٹان تہٕ اَتھ اُچھن دِتھ اَکِس کولِس منٛز نِشرپان)

Ⓡ (کٕژکھ دِوان) دَرواز کرُو بنٛد۔

نوجوان یِتھ ییٚمہِ ڈرایئنگ رُوٗمکی دَروازٕ روٗزن وۄنی ہَر ہمیشہٕ یلہٕ تہٕ یم روٗزن راٗچھ دَر۔ یُتھنٕہ مٲرِتھ تہٕ چون روٗح بوز اَژِ۔

(HL) (HL) (…)
عدالژ مَنٛز ییٚمہِ کیتہِ ہُنٛد اعتراف کرُن آسہِ سانہٕ خاطرٕ خوٚشی زٕ — یہ مور اَسہِ۔

(ژٕریٚشوَے چھ دُچھن اَتھ کٕڈِتھ اوٚنگجہِ سیتی اُمس کُن ہاوان)

[Ⓡ چھ وارِ وارِ یہ ڈٕلِپ زٕ تہٕ اَڈٕ مور ہیوٚ گژھان۔ بےبس لاچار تہٕ وارِ وارِ اَنٛدرِمس دَروازس تَل لاش ہیوٚ پیوان]۔

ایوب صابر

# ویلسہ ووپ ویلسہ کُن

نرزنگہ ہے دگ چھم پانس     کھینہ بانس خاڑے چھم
داڈی لاجس کتھ طوفانس     کھینہ بانس خاڑے چھم
وزِ وزِ دپھ ہر وزِ آساں     منزی باساں چھم کلہ دود
رہہ پھیراں تانس تانس     کھینہ بانس خاڑے چھم
کاٹھہ چھم نے مشورِ ونہ لس     بنتہ رنہ لس کرِ کیا بو
ویسی دنتم پٹیہ کس دانس     کھینہ بانس خاڑے چھم
منے ہے دلہ رکس بتھ وسواسس     دلوہ کرِ ہے کاٹھہ انہ واس
دشہ گنڈ ہا کنہ استانس     کھینہ بانس خاڑے چھم
تھر تھر ہش تھر چھم پانس     کھور تے چھم کنہ ٹھکراں
نرِ پلہ نے چھنہ اسمانس     کھینہ بانس خاڑے چھم
ازنا متھ ڈیتمس ہم ہم     گرِ مہ قدم نکھوہس بو
خاڑ اسن ڈیدِ کیو نانس!     کھینہ بانس خاڑے چھم
بہ ہے ونہ ہا پانے چانس     ونہ کس اکھ رانس مثالس
بیون رنہ ہو پانس پانس     کھینہ بانس خاڑے چھم
منے ہے گرِ کین ڈرِ چھم پوو مت     ٹلی ترِ و مت اکھتھ ڈامب
پے کس ونہ تس جاتانس     کھینہ بانس خاڑے چھم

شَر دِلہٕ گۍ سورُے ژٕنہٕ ہا    کَلہٕ ژھٕنہٕ ہا دہٕ لگِس مُنٛز
بَتہٕ شیٖرٕ ہا پانُے پانَس    کھیٚنہٕ بالَس خاآرٕ یے چھُم
وٗلِ ووتھہٕ ہا باشاہ یَرٕ ہا    جَنگ کَرٕ ہا کھوژان چھَس
گنٛڈ پھیٖرِ تھےٚ بَن مانتھانَس    کھیٚنہٕ بالَس خاآرٕ یے چھُم
وٲنِسی راتھاہ رٕوٗدا وَسہِ ہے    میٚتہٕ گژھہِ ہے دآرِنٛج ٹھنٛڈ
دلوٕ اوٚبرا کھسہِ اَسمانَس    کھیٚنہٕ بالَس خاآرٕ یے چھُم
وٲنِسی وَنتَم یینہٕ کُس زانے    پھِر تھُر بُتھ سایِنس مشوٗن
کیا سَمجھا وَبہٕ اَنزانَس    کھیٚنہٕ بالَس خاآرٕ یے چھُم
اَڈش تُرودُم اَکھِتھ ماکِتھ    ہَشہٕ ووٚنتم کیا ہناٚ مَت
میٚے ہَے روشنَس مُنٛز آو چھانَس    کھیٚنہٕ بالَس خاآرٕ یے چھُم
لُکھ وَنتم کونے حوٗرِی    لاگِناوٕ ڈلَس نوٗری ڈٕرِس
نُد وَنٛدٕ ہا فِلمِستانَس    کھیٚنہٕ بالَس خاآرٕ یے چھُم
دِل کوٚر میٚے خوٗش خانٛدارِس    گَرٕ ہِتھے مَنٛڈِس مَنٛز
بیٚلِہ ہو دِمَس ڈِسکو ڈانَس    کھیٚنہٕ بالَس خاآرٕ یے چھُم
راتھہ راتھے پَنٛنِس اوس کھانٛدر    کُل واندر سالس آے
پَرٕ بیٚلِہ پو پِیو یٚنز مانَس    کھیٚنہٕ بالَس خاآرٕ یے چھُم
اوٕ دِیور پھِتھ میٚے چھا جآبر    ایوب صآبرٕ گنٛڈِ ماشار

پوٚز پَزِ کَرٕ بُتہٕ کیا جانَس
کھیٚنہٕ بالَس خاآرٕ یے چھُم

بکواس کشمیری

# غزل

شَرچھُم محلہٕ سوٗ شبراوے مدٕنو
ہنہٕ ہنہٕ گنہٕ کرناوے مدٕنو
تنہٕ مُژراوِتھ تن شیہلاوے
اُنگہٕ اُنگہٕ ییٚلہٕ سوے چھاوے مدٕنو
لرِ لرِ پھرِ وِتھ لرِ پان ساوے
میپٕرِ گنڈی دوٚ تھراوے مدٕنو
پتہٕ پتہٕ پالس وَتہٕ وتہٕ پھرِ وِتھ
کھیتھ چلیتھ پتہٕ نیٖعہٕ ٹھ ہاوے مدٕنو
کوچھ کوچھ کرِی کرِی لولہٕ للہٕ ناوِتھ
چھوکہٕ دِتھ لنگ کڈناوے مدٕنو
ییٚنہٕ والہٕ دوٚہہ ییٚلہٕ نہرازٕ پیٚ ہم
درِ درِ لیکہٕ وَتہٕ ناوے مدٕنو
ژھیٚٹی پھلہٕ ہوٗنی میٹھ ہیوہ موٗترا وِتھ
شانہٕ گنڈی طوطہٕ کلراوے مدٕنو
برِبکہٕ ییٚن کیاہ گو ووہ لہٕ ہاوے
ژُچھوٗ گلہٕ دوٚ زلاوے مدٕنو
بکھ بکھ مٔتراوے بکواسو
پیٚنہٕ دِتھ اُسس تھاوے مدٕنو

## بکواس کشمیری

نیٚچواہ زیوٚی بَنکھ بَبا　　　　ہَبا یہ چھِے گمانے
اڑدو پائٹھِن وَنی اَبا　　　　ہَبا یہ چھِے گمانے
رَبہ کوچِس مَنٛز لگی دَبا　　　　مَرکھ وُچھان وُچھانے
پَنٛنہ ماکائنسہِ گرِٛزھ بَرتبا　　　　ہَبا یہ چھِے گمانے
لَرِتل وَگو ووٚٹھ ہیے ہَ با　　　　کھکھر دِژہ ہیے عیانے
بیگمہ ژِ بیٚنہ دِوہ کھرکھ گبا　　　　ہَبا یہ چھِے گمانے
ننگے ماگس روزکھ ثبا　　　　وائکھ سوزِ دنٛدانے
مَرِ کیاہ دُنیا کرِ مرحبا　　　　ہَبا یہ چھِے گمانے
دَہ دَو کران ییتہ کرِٹہ جبا　　　　ہمہ نے لُکھ چھِی دَپانے
کبیر وائنی وَنہ نے کبا　　　　ہَبا یہ چھِے گمانے
بوٚنِمس پورس تژاوِتھ ڈبا　　　　نوِ آیکھ نوٚی مَکانے .
اَمہ سیتی خُرن کھسہِ مرتبا　　　　ہَبا یہ چھِے گمانے
لیڈر بہتِ چھِے کنکریٹ لبا　　　　گرِٹہ چشمو چھکھ وُچھانے
ظلوِن چھِے کرِہکھ ژِتہ دَبہ دَبا　　　　ہَبا یہ چھِے گمانے
کوِکرِ بو بناو کوکر سَبھا　　　　سمِتھ دِیتکھ بیانے
بدماش کوِ کرن ہیپہ ما دَبا　　　　ہَبا یہ چھِے گمانے
توہس توِ مل وَنہ کُس ہَ بَا　　　　حاکم چھ تَس دَپانے
بکواس کرِتھ کرکھ یبا　　　　ہَبا یہ چھِے گمانے

## مکھن لال محوؔ

# غزل

عاشق اگر زن زانہہ کرن ہرتال ہسا ہے
وُٹھگن گرن منز دلبرن تیلہ شال ہسا ہے

تتھ پاٹھی چھم جانانہ کٹان ٹھل دلس دوہ دش
زن چھس پہ کرکٹ بال یا فٹ بال ہسا ہے

وَنہ نا بہ تس اکھ نحقہ پچھک یا ولیس دوہ دش
ہاوان جنثہ گری سوٹ لاگتھ چال ہسا ہے

زانان چھس ونہ یود بہ پوز اُزی کس زمانس منز
شوٹھس وگن منز سرکہ پیٹھ تیلہ تال ہسا ہے

عاشق دوان صُبہ شام برونہہ کنہ ڈکسہ ماشوقس
سینس کھسان چھنہ تونہ تمی بسنتر دال ہسا ہے

ونہ کیا گژھان ازکل چھ تو تتھی خر پڈر داریتھ
لاگان یٖینہ لنس ٹانگہ گرن نال ہسا ہے

موہ رغن نہ منجن ذیار دالین برونہہ کنیتھ ڈولان
کھینہ کھینہ لیسر اسہ آیہ مُسری دال ہسا ہے

ازناگراے یود آسہ ہے تھوہے سُر ہپی مس
بیٖیہ میمہ گٹ کرنا وہے رہی مال ہسا ہے

چارِن تَران چھُہٕ فکرِ زِ ہیے مانہٕ کَنھٕن ہُنٛد

ڈُپی توٗکھ نیرُن وورِ، دوَرن نژال ہسا ہے

اَولادِ نافلکَس کَران پیٛلہٕ موٗل نصیحت

چھُس اورِ وڈُنگان زَنتہٕ وَنگُ شال ہسا ہے

ووہ لہٕ یوٗری مُحَمَد صابہٕ کَرد اَزغمَن ڈُبہٕ ڈاس

"سارن نہٕ نوٗٹ وایوٗ نہٕ کھاَ ونال ہسا ہے"

●

# سیاسَت

لُکَن نوٗنہٕ گرِی ہاوِ ناوی سیاسَت — تہِنٛزے پاٹھی لیڈر بَناوی سیاست

ژھوکھن نَخٕقہٕ پھکھے چھ شیطان ژرٛدُمت — تِمُس تانی بازِیاہ ژرٛے ڈِیاوی سیاسَت

ژرٛے ژھیٛبنہٕ مرٛ پٕنتیج دارِ کُنی ترٛاوناوی — رِہنی کرٛ کرِ سر سوز ناوی سیاسَت

سوٗزل کھیٛنہٕ مَشی دالہِ آباہ مَشی چھوٗن — دوٗہے ماز رانا ژرٛے کھیاوی سیاسَت

اگر چھےٚ ژرٛے کَم طاقتی غَم مہ کیٛنشہ بَر — پَیلپے کو گَر شور بہ چاوی سیاسَت

چھ کنہ ناو دُپنک تہ دَھرمُک تجارت — یہ باوی سیاست یہ ہاوی سیاسَت

زُپُودٕ سِنی لیکچر اَتھو سِتی لوٗٹھا — یوٗہے نار پٕرتھ وَقتہٕ ڈیاوی سیاسَت

گُنی ٹھل لگاوکھ زِ سِنز رُس تہ پَزرُس — تہ بٔنیہٕ ڈھگلہٕ ہُنٛد سیر باوی سیاسَت

دُنگ جبل ڈَل ناو بنہٕ عاقلو نوٗو — ژرٛے اَتھ منٛز دوہے پھاٹہٕ ناوی سیاسَت

اگر زَن تگَن گوٗر تہ فند باز آسکھ — ژرٛے کھڈ پانچ بوڈ ہیو بناوی سیاسَت

○

اومکار ناتھ شبنم

# اکٹر صاب

ٹپ ٹاپ صابا اکھ اوس خاص　　کھٕہ تام لمٕی لمٕی گرٕ تام پاس

قدٕ کٕنی یودوٕے رٕژھ کھنٛڈ ژھوٹ　　کاڑ ہو کٕنی اوس سٔنٛخ موٚٹ دٕروٹ

عادٕتھ تٕمی سُنٛد اکھٕنھ چَم　　بُہ چھُس گاٹُل تٕمہِ کُے خَم

تنخاہ پٕنٕتھ ہتھ ہتھ ڈوڈ ہتھ　　تی اوس تھٔکٕہ ناوان اَن کنٕتھ

پی زینان رٕتی خرچاوان　　سوٚکھٕس پیٹھ سوٚکھا لاگان

ٹُے وٕے لاگان پٕرتھ رنٛگہٕ اوس　　ننٛگہٕ ما اوس یا پھنٛگہٕ ما اوس

وُچھتھے اَمی سُنٛد سٔنٛخ گرٕ فرٕ　　رٕپٕژھ تٕجھس لوکو اَفسر

اڈور ٹائپنٛزاہ ییٚلہٕ گو سٔنٛخ　　اَفسر چھُ بٔنیوٚمُت کوٚٹ اکھ

کٕیٛنہہ گٔیہ چھمبہٕ ڈُلہٕ پھُٹرٕکھ بَر　　بُہ نتہٕ بُہ زٕلنَن اکٹر

وُنتہٕ پھُنٛگر صابن کوٚر اعلان　　شوٹھَس آسُن رُت گرٕژھ تان

اَجو کیٹیڈ گرٕژھ آسنی پوٚر　　شروسہٕ منٛنز گرٕژھ آسنی کوٚر

کَم گرٕژھِ آسنی تمی سٕنٛنز ایج　　اَدٕ حضٕ کرٕتُس ستی میریج

گرٔیٛنٛڈ ڈی اَکی ییٚلہٕ پٕرژھ شوہرتھ بوٚز　　یکدم مُنٛنزٕیم یور تمی سوٚز

ٹریٚلہٕ پیپی گٔیہٕ گو مُقرر　　نرٕسے کھر تے کھرٕسے نر

اَمہِ پتہٕ مہرازن تھوٚو پھی　　انٹروِو گرٕژھ آسُن رٕفی

رِفکسڈ گو اَدِ اکھ تاریخ　　ٹائمس پیٹھ وٕاتی ساری ٹھیکھ

مہر بنہٕ وٕلسہٕ جوراہ تٕجہ ستی　　صاحبس فرینڈ بییہٕ فرینڈ تیاہ ستی

تامتھ انٹروِو اَتہٕ لوٚگ　　مہرازن فرینڈ پینہٕ نُے دوٚگ

اَمہِ پتہٕ کرٕ تمیٚ کھوٚش اَتھٕ بل     وِچ وَن مۍ وَن اِز یوٚ ٹیبل
وٲنسہٕ ہوو اَچھ سٕتۍ کھوٚش کھوُور     ایکٹر صاٲبَس گوٚ ہوٚکھ ہیشُر
دوٚپنَس بوزِو کینٛہہ گوٚسپچھَن     رِپلے دِیُن گژھِ وَن بے وَن
لَمبر اَکھ توٚہہِ پوٚرمُت کینٛہہ     کَلہٕ سٕتۍ کوٚرنَس تَمہِ آنکار
سُروِس پُروِس کرٕوٕنۍ کانٛہہ     دوٚپنَس ہَشہِ ہنٛز خدمتگار
زندِگی منٛز بیٚیہ کانٛہہ المیاہ؟     زاٲم تہٕ ہَشہِ ہنٛز تاٲبے دار
پیٚترٕ پن سٕتۍ ژوٲنٛچ ٹریننگ؟     واٲرِو گرِ ییٚتھ دِن وپستار
جَدہٕ بُڈۍ بَب ہنٛز پراپرٹی!     شوٗباہ شرماہ کَم گُفتار
فادَر سُنٛد کینٛہہ جی پی فنڈ؟     نَفسَس پَنہٕ نِس تھوٚوٕمُت گنڈ
داجَس باپَتھ توٚہہِ کینٛژھا     عقلاہ شکلاہ بیٚیہ گژھِ کیاہ
تگہِ وا زانٛہہ پرٕزناوُن فرینڈ؟     واٲرِو گرِہ ییٚژھ باسیم ٹرینڈ
بوٗٹَنٛچ پاٲلش توٚہۍ زانان؟     کیاہ مہرا چھِو فرماوان
توٚہۍ چھِوٕ زانان فاٲشَن پوٚر؟     اَز مہرا گوٚسہٕ تمہِ روٚس کوٚر
فِلمی باتھا توٚہہِ کانٛہہ یاد؟     حَض شیٚچھنۍ شُرکی لَلہٕ ہِنٛدۍ واکھ
میٚیانۍ شکل توٚہہِ رٕکژھ باسان؟     زِٲن تہٕ تارکھ سَخ مَنٛدچھان
گاٹَس میٚیانِس پیٚٹھ کانٛہہ شک     کیاہ مہراہ چھِو فرماوان!
تامَتہٕ مجلِس گٔییہِ برخاس     ہیرِد صاٲبَن کوٚر درخاس
توٚہہِ چھا وونۍ کینٛہہ فرماوُن     توٚہۍ تہٕ ڈرِنو ڈَر گژھِ ترٛاوُن
گُر گَنڈیٚنَس کوٚرنَس اِصرار     سوٚ نہٕ کورے کوٚرنَس اِنکار
ییٚتھ کُنۍ دوٚشوٚے گیٚنٛد اَکھ میچ     ایکٹر صاٲبَس ڈٲسی پیٚوٕد کیچ

پرتھوی ناتھ کول سائِل

# ہزل




وَقت کوٚر اَسہِ برہم — وَقتکِہ رَنگ چھ کم کم
وَقت چھے جاے جَم — تارِ گاہ مارِ لولو

یوٚد ملکس غازِ تےٚ کریم — بلکہ کرکھ انگریزی ہیم
تونہٕ ما کانہہ وَنی ہیم — چارِ تےٚ پھیٚارِ لولو

مردِ مس پاراوکھ — بانڈِ بچہٕ جامہٕ لاگکھ
ووٚنی اگر پرِ ترٛاوکھ — پتہٕ کیاہ لارِ لولو

ہشی یے اکھ نوٚش — پامہ کھینہٕ ترٛاوان ووٚش
اَز چھکھے سپدان خوش — نوٚشہِ روٚن مارِ لولو

زام ییلہِ چھے دِوان پام — کھرٛنگہٕ اکِہ چھے کران رام
چھے کڈان رِشہٕ تےٚ نام — برِ تےٚ دارِ لولو

نوٚشہِ اَز کینٛہہ نہٕ وشرن — چھے بمن ہشہِ گنڈن
اکھ اَکِ سند نہٕ شرن — کینٛہہِ بن وارِ لولو

کورِ ملچ گرٕ زِنس پاو — نوٚشہِ ہنز وِزِ یاد پاو
دہ شوٚرے کتھِ پلرِ پاو — بارِ چھی بارِ لولو

کھاندرن کھندرن چاو — چھے نےٚ قرضہِ زِٹہٕ ناو
اپنِہ شاناہ تھاو — قرضدار پرٛارِ لولو

سال سَپٕہ پیٹھ ترٛاوکھ    پتھ کُنٕ کیٛاہ ژٕ ہاوکھ
پیٹھ زانِتھ ہہ مشراوکھ    باز پیٹھہٕ ہارِ لولو
ہیوٚت ڈیُت آسی کم    وٲری دِنٕ چھےٚ ہیوان نَم
چھی گران ڈٔسِنہ کم کم    اوٚش تُوے ہارِ لولو
دیکھا دیکھی ہاو    سوٚم تےٚ سو مہرے ترٛاو
تیٚلہٕ اَدٕ بوٚٹھ لگی ناو    اَدٕرے دَرے یارِ لولو
گوٚبرو لاگ رجہٕ بوٚٹھ    چھٹہٕ دار لاگکھ سوٚٹھ
مَس نھوڈکھ زیٹھ بِم زیوٹھ    وٲنکہٕ کُس پارِ لولو
کورِ لاگی نمن پیٹھ نَم    زُلفن تھاوِن خَم
پکےٚ چھکھ اپزی بٔرم    اَتہٕ کیٛاہ سارِ لولو
ہوکھی وُٹھ ووٚنہٕ لاوی !    بُمہٕ ترٛاشہٕ بٔرنگ ہاوی
ژوٚرِ کنتھ عاب تھاوی    کانہٕ تےٚ شارِ لولو
خاوندس دیار محکم    نوکرن حُکم کم کم
وَنٕھیے وَنٕہ رکتھ بیگم    ژیٚیے ہشہٕ پھیارِ لولو
دوشوے گوٚر حاظم    ناٲلی چھکھ ہبل باڑم
ویرناگہٕ تتھ چُھہ باڑم    ہبل وٕنیجہ بزارِ لولو
سائیلہٕ ژٕٹھتہٕ گنتھا    سبزرہٕ کتہٕ چھِنے وَتھا
وَننہٕ ووٚنی نیری کیٛاہ    وُچھنہٕ تلی ٹارِ لولو

## پرتھوی ناتھ کول سائل

# ہزل

بێنچھ وِنہٕ ازچھا بێنچھنس دار — ترٛکھ از ہێتی سے ییٚنتھی اُس خار
زاگان بێچھ زُن اَسہٕ غلہٕ وار — ترٛکھ از ہێتی سے ییٚنتھی اُس خار
بێنچھ وِنی اَکھ وۄن خانہٕ دارس — وِکھنا بتہٕ نتہٕ سێٹھ نتہٕ رُس
چوٗنچہٕ ہێنتھ مالی کێنہٕ گرٛنس لار — ترٛکھ از ہێتی سے ییٚنتھی اُس خار
دۄپنس بێنچھ وِنی نوتہٕ دِتہٕ کێنہہ — فاقہٕ بکھر مۄدُس چھُس کھێوان بھێنہہ
دۄپہس جنس چھُنہٕ نہٕ چھُ گھنڈار — ترٛکھ از ہێتی سے ییٚنتھی اُس خار
بێنچھ وُن دۄتھ نس وِدہٕ ہیٚے ہستی — داو ییٚلہٕ پێوے تیلہٕ بێنچھ میٚنیے ہستی
بہٕ نلے لبتہٕ تہٕ ژہٕ لاگ بیمار — ترٛکھ از ہێتی سے ییٚنتھی اُس خار
ہنرن پھٹی کێنہہ لتہٕ مونچہٕ گےٚ — چھمبہٕ ڈلہٕ اڈی تےٚ، اڈی ڈسی پیٚیے
فلمہٕ اکٹرس ییٚلہٕ گیہٕ نمودار — ترٛکھ از ہێتی سے ییٚنتھی اُس خار
پھٹچہٕ مشہٕ لوکن راوِکھ ہوش — گیراو کورہس کھورہس بوش
نتہٕ مژہ وُچھہس ہمہٕ ور دار — ترٛکھ از ہێتی سے ییٚنتھی اُس خار
طیہرانہٕ میچ لوگ اَسہٕ منوٹھ کھێن — گول گو جوش تُل ریڈیوہن
فضہٕ دۄپ گجہٕ مالہٕ لوگ کتہٕ تار — ترٛکھ از ہێتی سے ییٚنتھی اُس خار
کمیونسٹ زێون تےٚ اَسہٕ ترٛاوی ٹاس — اَسہٕ زُن گری لۄب لنڈ ژونگ لاس

زیوٗن یئیمی آسہٕ تَس پَگہہ ییٚ تار    ترٛکھ اَز تِہنٛتی سیٚ ییٚتھی آسہ خار

وازن ہوٚکھ اوٗدُر پھُٹجَن گوٚنڈ    وُرِتمیٚ تِیل ژُھن اوٚر جلاو گوٚنڈ

ہُمہِ ییٚمہِ کَنہٕ ترٛدو نوٚن بِسیار    ترٛکھ اَز تِہنٛتی سیٚ ییٚتھی آسہ خار

خانہٕ دار خانہٕ دار ییٚنی مُران گُلر    عاشناو سالرو چیٚنیہٕ آبہٕ ڈُلی

تھوکہٕ ترٛاوان وڑاپہٕ لٲزِم دار    ترٛکھ اَز تِہنٛتی سیٚ ییٚتھی آسہ خار

سائِل صابو اِسالس گرٛژھ
بازہٕ کَنہٕ کھیٛاوِنے نَدری مَژھ
مُجہِ لَٹہِ نے کیٛاہ مولہِ دوزجار
ترٛکھ اَز تِہنٛتی سیٚ ییٚتھی آسہ خار

شریف الدین پرواز

# شانٛدٕ گٔنڈٕی طوطہٕ

بوٗ کَرَس ہوٗ تہٕ ہیٚے    شانٛدٕ گٔنڈٕی طوطہٕ ہیٚے
سارٕے کھوتہٕ ہیٚے
شانٛدٕ گٔنڈٕی طوطہٕ ہیٚے

مول موج بینہٕ بوے    گَر تَمَن ہسنی تھے
بَس ژٕنہٕ بوٗ نہٕ ہیٚے
شانٛدٕ گٔنڈٕی طوطہٕ ہیٚے

یوٗت وَنکھ توٗت چلو    یُکھ منٛے سٕتین ہیلو
دِلو بُہٕ تہٕ زونہٕ ہیٚے
شانٛدٕ گٔنڈٕی طوطہٕ ہیٚے

یہٕ پھیرَن چھوڑ دو    ڈُنی میرے روبرو
بَس ٹاپیٹھے یوتہٕ ہیٚے
شانٛدٕ گٔنڈٕی طوطہٕ ہیٚے

اَکھ ہُرٕہم شان ہیٚے    بٕلیٚہٕ بُڈٕہم زان ہیٚے
کُس چھُ منٛے کھوتہٕ ہیٚے
شانٛدٕ گٔنڈٕی طوطہٕ ہیٚے

یہٕ وُنکھ تی کَرٕے    رَژھ نہٕ نھاوا پَرٕے

یوّو دَسَن جوٗنۂ ہائے
شاثدِ گُثڈی طوطِۂ ہئے
ژِہئے ٔچھکہ موکھتۂ ہئے جان کیاہ پوخنۂ ہئے
کاثہہ ڈُِن پھوتۂ ہئے
شاثدِ گُثڈی طوطِۂ ہئے
تَس گرُن چھُم متّے حَد یس وَنی زاثہہ ژِنّے بَد
ژالہ ٔبہ کوتۂ ہئے
شاثدِ گُثڈی طوطِۂ ہئے
پیٚبچنہ دَن آنٹی متّے کھَسکھ واثی
کَر سُنے غوطِۂ ہئے
شاثدِ گُثڈی طوطِۂ ہئے

•

## شریف الدین پرواز

# عجب کھیل

اُڈی پاس اُڈی چھی فیل ہیے — دُنیا چھُہ عجب کھیل ہیے
کینٛہہ دژاے کینٛہہ وُنہِ جیل ہیے — دُنیا چھُہ عجب کھیل ہیے
اُڈی موٹرن منٛز چھی لِکان — کَم سۄتھ ماران چھی لبکان
یدکراہ اُڈِن چنبیل ہیے — دُنیا چھُہ عجب کھیل ہیے
یُس زانہِ سُے ہارِتھ بہتھ — بیقل گرژھان توٚہ زَن وُڈھ
لاگان وَنۍ ڈنبیل ہیے — دُنیا چھُہ عجب کھیل ہیے
یُس کانٛسہِ کھنان وُچھ ہیٚے گنگ — زنگ
نُس بَنٛد گرژھان پٔنۍ چھپے
وُسی چھُپے پہوان زَن گیل ہیے — دُنیا چھُہ عجب کھیل ہیے
اَکھ دژاو سینما یاوٕ ہیے — بیگم ہنٛز کمہِ تاوٕ ہیے
پھر نَس گیبی ژٕج ریل ہیے — دُنیا چھُہ عجب کھیل ہیے
نیچوِن وۄنم کھانٛدر چھُہ چار — وُنۍ تَو کمِس گژھ چھُو لکار
وۄنۍ کینٛسی اَمبری ترٛیل ہیے
دُنیا چھُہ عجب کھیل ہیے

•

خضر مغربی

خضر مغربی

# غزل

نہ موجی خوشس نہ از خوش مول ، نہ چھم خر خوش نہ خوش خرۄول

نہ لنٛڈ از خوش نہ خوش از اول ، نہ چھم خر خوش نہ خوش خرۄول

یمن ہنٛدی کھور مۍ چنیے چھٹلی چھٹلی ، تھوٗوم تمہ ؤے یہ دِل زٕلی زٕلی

دۄہے تُلہم مۍ زخمن کٕڑول ، نہ چھم خر خوش نہ خوش خرۄول

مۍ روٗچھمت دِل چھ ہوٗنمِن نام ، دِژوم سٕجداہ مۍ بوٗنمِن تام

مۍ نوکرِن تام برٕے یوم لول ، نہ چھم خر خوش نہ خوش خرۄول

مۍ پانس دالہ ڈوٗکرۄوم ، سُہ دٕرٕج ہیکو پان ہوٗکھرۄوم

نہ پنٛنی ئیڈ بنوٗوم ڈول ، نہ چھم خر خوش نہ خوش خرۄول

دۄہے رٕنٛدُس بہٕ دیانتدار ، ہمہ کھین رٕوین دِژتُم ۄہ زچار

پٕژنُس بسترٕ مۍ کوٗرہم گول ، نہ چھم خر خوش ، نہ خوش خرۄول

ۄۄے یوم خمار لوٗنم شر ، دۄہے ٹھولہٕ آم نصیبک در

اُٹس ہاپیتھ مۍ پانس کھول ، نہ چھم خر خوش نہ خوش خرۄول

نصیبس سٕتی لوگم جنٛگ تہٕ دِژِن تام کھاٗلم ٹنگ

بنیوٗس فونٛگ بہٕ "توتوۄول" نہ چھم خر خوش نہ خوش خرۄول

ۄچھم ۄہ نی مغربیس کُن ، تہٕ ہیٛو تلنم تمی تہٕ بتھ ژکرُن

مۍ ہٹہ ہٹہ پان اُچھن ہیپٹھ کھول ، نہ چھم خر خوش نہ خوش خرۄول

خضرِ مغربی

# غزل

عشقٕس چھُ وۄہاۓ بلیچھُن — بَنہٕ حُسن خاب آخر

پگمے نیٖلی نَدرٕی ڈٕنی ڈٕنی — کوٚرہم منّے جواب آخر

ڈیوٹی پیٹھ شونگہٕ خرہیوٚ — پیبہٕ گرٕ چھُ سکندر ہیوٚ

کمہٕ بدلہٕ نوان ڈٕنی توم — تنخاہ چھ جناب آخر

ہاپیٚانہٕ ستمگارو ! — ژھپنہٕ گاٚمتہٕ سمادارو

اَتھ گو گجہٕ بتھس نھوٚ ہم — کوٚت نام تہٕ نقاب آخر

پٔرتھ وزٕ چھُ وۄں سوالن اسکلن — وزٕ وزٕ چھ زوال عقلن

پوڈرتہٕ خضاب اول — پوڈرتہٕ خضاب آخر

نیکی ہے کرکھ گرٕڈھ کر — خاٚرس چھے موٚ ڈری اُزشر

کھتھ بوز کھسی پٕزی کٕنوٚ — اَڈہٕ بارٕ ثواب آخر

اچھ تٕرکہٕ ران اُزٕ نیک انسان — اَڈہٕ بارٕ اُمس شیطان

عُلمس چھے پلیم کھٕڑ ہٕز — مَندچھے پہ کتاب آخر

ماہ پارا وٕچھتھ کرو فر — چھم راز وَنان رفگر

سُم جُم چھُ لگان کتھ پٕٹھ — ووستس پہ جولاب آخر

کھیوٚن چوٚن تہ دُلن پانس — پٲراو زُوس جانس

قبرن تہٕ کھوڑن لو گُکھ — آڈٹ تہٕ حساب آخر

کیاہ لیوٚکھ پہ مغربی ین — کیاہ بوز پہ مشرقی ین

اُمی لفظٕ شرابن کوٚر — اَسہ موٚڑ خراب آخر

شہید سلمانی

# نٔو نوش

مہربان گوٚ اکِس بٔجہِ ماجہِ پیٹھ دَرے
نوشا ، لرٛکَن اٲنِس حُسنَس اَندَر رطے
نوشا سُبجہِ ماجہِ وُچھ پتلوٗن چأرِتھ
کرَان ٹپ ٹپ کھوَرن ، بأتَس تُلان لے
گیوان انگریزی بأتھا سیٖنہٕ چأرِتھ
اَنٛھس کیتھ مفلراہ گلوان ہٲٹِس ٹلے
"ہیلو ممی" وَنِہٕ ھس نوش شُخرٕ گرِٕ گرِٕ
"ژےٚ انگریزٕ ٹیک ممی آسی نہٕ کیٚنٛہہ پَے
بٔہ ہیٚچھناوَتھ ژٕ ممی داہ تھو کَن
تُلِتھ چیزَس چھ انگریزی وَنان فرے[1]
چھ پریمَس رانگاشَس اَندَر وَنان لوٚ
اگر کانٛہہ آسہِ ہنٛوٚسا تُسہ گوٚ ڈرے[2]
وُچھی ممی بٔہ ہیٚچھناوَتھ ژٕ سورُے
تَلے گوڈٕ کرٕ ژٕ ممی پانہٕ اَکھ ٹرے[3]

---

۱: FRY ۲: DRY ۳: TRY

کرَونا اُسی نہٕ گوڈٕ ہنتھ اَکھ ٹُوِسٹاہ[1]
سٹینڈ اَپ اولڈ ممی ڈونٹ بی شے[2]"
دوٗپُس بچہِ ماجہِ کیا بنِہ گوٚوے بچارٕی
بُہ نے زانے نہٕ یم ہیٚے ہیٚے تہٕ ڈے ڈے
تَلے رٹھ شُپ اَتھس کینتھ یور گُن بیٚہہ
بِہی چرٕبی پیٚتھر جل جل، ژھٹی وٕ ے
منٕے پائس گٕڈ بٕڑھے سٕبنٕہ ساد وائسَہ
کوٚرتھ کیاہ وَنتہٕ انگریزی پٕرِتھ ٹٕے؟
نوشا پوٚت کھوٚرِ ژٕرج ہسبنڈ ہیٚتھ
کوٚرکھ دوہ نہٕ یے۔ ممی۔ ٹاٹا تہٕ بے بے[3]"

---

۱ہ TWIST ۲ہ SHY ۳ہ BYE BYE

# تمدُنی ڈایری

○ ۱۳ ستمبر پیٹھ ۲۰ ستمبر ۱۹۸۴ء تام آو گاندربل سری نگر اکیڈیمی ہند طرفہ گوڈنیٹُک رائٹرز کیمپ منعقد کرنہٕ۔ اَتھ منز کرٕ یمو اُدیبو شرکت: امین کامل، غلام نبی گوہر تہٕ ہردے کول بھارتی (کاشُری) حکیم منظور تہٕ پرتپال سنگھ بیتاب (اُردو) خالد حُسین تہٕ جی، ایس، گُلشن (پنجابی) تاشی ربگیس (لداخی) سبھاش بھاردواج تہٕ موہن نراش (ہندی) مدن موہن شرما (ڈوگری)

یہ چھےٚ گوڈنیچ وِز ییلہِ اکیڈیمی ریاستی پیمانس پیٹھ مختلف زبانی ہندک اُدیب اَکِس جایہِ سوٚمبرأوِتھ اَکِس ہفتس یکجا تھٲوِ تہٕ تِمن دِیتُن اکھ اَکِس نکھہ پیٚنک تہٕ اَکھ اَکِس ہِندی مسلہٕ وَنہٕ کِنہٕ ٹھٕمُک موقہٕ۔ کیمپہ کِس دوہن کوٚر یمو اُدیبو اَدبس منز مختلف ہُنجن پیٹھ بحث تہٕ اَتھ بحثہٕ چہ روشنی تحت دِیتُک پننہٕ پننہٕ اَدبس پھیٚر۔ یِتھہٕ طریقہ یہٕ کیمپ کامیاب روٗد تہٕ ییتہِ بڈ یہ ساٚنی حوصلہٕ تہٕ اُمید چھےٚ دوٚمیدِ زِ اگر حالات سازگار روزن، یِتھی کیمپ آسن آیندہٕ تہٕ منعقد سپدان۔ اَزی کِس یتھہٕ کیمپس منز شریک اُدیبو کوٚر یِتھی کیمپ منعقد کرنہٕ باپتھ اکیڈیمی ہِندِ تعریف تہٕ وونُکھ یہ سلسلہ گژھہ جاری تھوٚنہٕ یِن۔

●

○ ۱۹ تہٕ ۲۰ ستمبر ۱۹۸۴ء سپُد سری نگرٕکِس ٹیگور ہالس منز اکیڈیمی سِلور جوبلی سیمنارُک دوٚیُم دور تہٕ اَتھ منز آیہِ اکیڈیمی ہِنزِ تِتھہٕ کارکردگی پیٹھ مقالہٕ پرنہٕ یِمہٕ تِمہٕ ریاستس منز ڈرامہ، رقص، موسیقی تہٕ مُصوری ہِنزِ وُسعتہٕ باپتھ انجام دِژمژ چھےٚ۔ سیمینارُک گوڈنیُک دور سپُد مارچ ۱۹۸۴ء منز یمہٕ ییتھہٕ

منز مختلف زبانن منز سیمینارس منز اکیڈیمی ہنزِ کامہ پیٹھ مقالہ پرنہٕ آے) سیمنارہ کین دوشوٕنی دوہن رووز ٹیگور ہالس منز زبردست چہل پہل۔ اَتھ موقعس پیٹھ اُس اکھ خاص نمائش تہِ لاگنہٕ آمژ۔ یتھ منز اکیڈیمی ہندی حاصل کرنی آمتو والیاہ نادر چیز تھاونہٕ آسہ آمتو۔

سیمینارک افتتاح کوٚر وزیر اعلیٰ خواجہ غلام محمد شاہن تہٕ پننہٕ نیس تقریرس منز کرِکھ اکیڈیمی ہنزِ ہیمہ کنہِ خاطر تاریف زِ سوہ چھے پننہِ ثقافتی ورثہٕ محفوظ تھاونس منز اہم کام کران۔ تمو کر وومید ظاہر زِ اکیڈیمی تھاوِ آیندِ تہٕ پننہِ یہ شاندار کام جاری۔ شاہ صابن دیت سیمنارس منز شریک ژھن ہمتن فنکارن یقین زِ تہندی سلسلہ کرِ حکومت غور تہٕ اَتھ سلسلس منز دِن اکیڈیمی عنقریب مزید گرانٹ دِنہٕ۔

پرٛتھین ہُند استقبال کران ووٚن سیکریٹری اکیڈیمی محمد یوسف ٹینگن زِ از چھُ اَسہ بیٚیہ پننہِ پان اُدبین تہٕ باقی دانشورن ہنزِ عدالتس منز کھڑا کورمت یتھ تم ساٚنی کام پرکھتھ ہیکن۔

سیمنارس منز یم مقالہ پرنہٕ آے، تمن ہنز تفصیل چھے یتھ کنہ:

(۱) عنوان : کلچرل اکیڈیمی کے پچیس سال اور فنونِ لطیفہ۔

مقالہ نگار: ودیارتن کھجوریہ۔

(۲) عنوان : کلچرل اکیڈیمی اور فنِ مصوری

مقالہ نگار : سجود سیلانی

(۳) عنوان : کلچرل اکیڈیمی اور رقص

مقالہ نگار : پران کشور

(۴) عنوان : جموں میں سنگیت اور کلچرل اکیڈیمی

مقالہ نگار : رزمل ونود

(۵) عنوان : کلچرل اکیڈیمی اور موسیقی

مقالہ نگار : محمد سُبحان بھگت

(۶) عنوان : جموں میں تھیٹر اور کلچرل اکیڈیمی

مقالہ نگار : مدن موہن شرما

(۷) عنوان : کشمیر مس تھیٹر اور کلچرل اکیڈیمی

مقالہ نگار : علی محمد لون۔

یِمن ساریِنے مقالن پیٹھ سپُد زبردست بحث۔ بحث کرنس پیٹھ اُسیہ کُنہِ قسمچ پابندی۔ سیمنارکہ دوٚیمہ دوہہ آو ڈیلی گیٹن ہندیس اعزازس منز اکھ چاے سال تہ کرنہٕ، ییتہِ منز وزیر تعلیم علی محمد نایک تہ شریک سپدی۔

سیمنارک اندوونہ کمِ کمِ درنس کتھک ڈانسس پیٹھ۔ کمِ کمِ در چھے اکھ نوجوان کاشُر کتھک ڈانسر تہٕ از کل چھے لکھنو روزان۔

●

۲۷ہ اکتوبر ۱۹۸۴ء آو یتھو سکہ کُل ریاستچ آرٹ ایگزبشنک افتتاح کرنہٕ مُصوِرن ہندیٚن اکھ نمائشہ منز یم تصویرہ تھوونہٕ آسہ آیہِ، تہ یمن یُنامہ بیتر دنہٕ آے، تہندِ انتخاب اوس ساٚنی نامدار مُصوِر غلام رسول سنتوش کوٚرمت۔ نمائشہ ہُند افتتاح کوٚر ساٚنی بیٚیہ اکی نامدار مُصوِر ترلوک کولن۔ نمائش روز لوکن ہنٛدِ مُشاہدِ خاطرٕ ۳۰ہ اکتوبر تام جاری تہٕ یہ وُچھ بے شُمار لوکو۔

افتتاحی تقریبہ پیٹھ یمن مُصوِرن یُنامہ دنہٕ آے تہندِ ناو چھہ یتھہ کنۍ:

آرٹسٹ ایوارڈ :

۱. پرنچ شیل کول ۱۰۰۰ روپیہ

| | | |
|---|---|---|
| ۲. | راجیشور ٹھاکور | ۱۰۰۰ روپیہ |
| ۳. | نسرین شہزادی | ۱۰۰۰ روپیہ |
| ۴. | برج موہن شرما | ۱۰۰۰ روپیہ |

(سٹوڈنٹ) مُصوِری تہٕ مُجسمہ سازی

| | | |
|---|---|---|
| ۱. | شفیع چمن | ۳۰۰ روپیہ |
| ۲. | پرنسی بھٹ | ۳۰۰ روپیہ |
| ۳. | اشوک کول | ۳۰۰ روپیہ |

کیملِن ایوارڈ :

| | | |
|---|---|---|
| ۱. | گیان چند دھمن | ۵۰۰ روپیہ |

ہواڈوے ایوارڈ :

| | | |
|---|---|---|
| ۱. | کندن کمار | ۵۰۰ روپیہ |
| ۲. | شبیر احمد مرزا | ۵۰۰ روپیہ |

●

○ کلچرل اکیڈیمی چھےٚ پرٛیتھ ؤرِی تہٕ ملک گیر سطحس پیٹھ خطاطی ہٕنٛدین نمونن ہٕنٛد مُقابلہ کرناوان، تہٕ یُہُنٛد سکہٕ مقابلہ کیس سلسلس منٛز آو یِنامن ہٕنٛد اعلان نومبر ۱۹۸۴ء منٛز کرنہٕ۔ ججن ہٕنٛدۍ فرایض کرٛۍ صوفی غلام محمد، مبارک شاہ فطرت تہٕ سیکریٹری اکیڈیمی محمد یوسف ٹینگ ادا۔ مقابلہٕ خاطرٕ آسۍ خطاطی ہٕنٛدۍ ۹۳ نمونہٕ واتی میتھ یمو منٛز لوبنہٕ کینہٕ دٔرِج نمونن یِنامہٕ دِنہٕ آے۔ یِنامن منٛز تفصیل چھےٚ یِتھ کٕنۍ :

تخلیقی خطاطی :

| | | |
|---|---|---|
| ۱. | محمد رفیع الدین (حیدر آباد) | ۲۰۰۰ روپیہ |

۲۔ ملک الطاف احمد (سرینگر) ۵۰۰ روپیہ

۳۔ قاید علی ٹٹکی (جے پور) ۵۰۰ روپیہ

روایتی خطاطی:

۱۔ عبدالرحمان (مراد آبادی) ۲۰۰۰ روپیہ

۲۔ شریف احمد (سرینگر) ۱۰۰۰ روپیہ

سٹوڈنٹ ایوارڈ

۱۔ ارشادہ بانو (سرینگر) ۵۰۰ روپیہ

۲۔ شمیمہ جان (سرینگر) ۵۰۰ روپیہ

●

اکتوبر ۱۹۸۴ء منز آو کپوارِ ڈسٹرکٹ ڈرامہ فیسٹول مناونہٕ (الو پیٚہ آسہِ یاد زِ اکیڈیمی اُس گوڈٕ صرف سرینگرس منز ڈرامہ فیسٹول مناوان۔ اکہ پور وہ زِ چھہ کیٚنژو وریو پیٹھہٕ یہ فیسٹول ضلع سطحس پیٹھہٕ تہٕ مناونہٕ یوان) اُتھ فیسٹولس منز کوٚر ضلع کپوارکیو واریاہو ڈراما کلبو شرکت۔ تہٕ تِمن دینہٕ آمتین اِنامن ہنز تفصیل چھےٚ یتھہ کنہٕ۔

بہترین پیشکش:

۱۔ ڈرامہ سکول ماسٹر

از دلکش تھیٹر ہٹہ مُلا ۱۰۰۰ روپیہ

۲۔ ڈرامہ زوٗہر الٹ

از نونہال ڈرامیٹک کلب، گُلگام ۷۰۰ روپیہ

بہترین اداکاری:

۱۔ محمد اکبر بٹ (ڈرامہ سکول ماسٹر) ۱۵۰ روپیہ

۲۔ محمد سرور بٹ (ڈرامہ ارمان) ۱۵۰ روپیہ

## سپیشل ایکٹنگ ایوارڈ

۱۔ گلاب الدین (ڈرامہ نشانی) ۱۰۰ روپیہ

بہترین میک اپ: ڈرامہ نشانی ۱۰۰ روپیہ

بہترین ملبوسات: ڈرامہ دور موج ۱۰۰ روپیہ

بہترین موسیقی: ڈرامہ سکول ماسٹر ۱۰۰ روپیہ

اَمہ علاوٕ آیہ بوٗنہٕ کنیٚن درج کلاکارَن تہٕ خصوٗصی سندٕ عطا کرنہٕ:
محمد اکبر لون (زوٗہرا لٔت) عبدالغنی ڈار (زوٗہرا لٔت) عبدالاحد راتھر
(دور موج) فرید احمد (نشانی) تہٕ غلام حسن بٹ (ارمان)
ڈرامہ فیسٹولس اَندر اوٚس محمد سبحان بھگت تہٕ عبدالغنی بیگ بطور جج۔

●

پیٚتھے پاٹھۍ سپُد بڈگامہٕ ضلعس اَندر تہٕ یُتھُے ڈرامہ فیسٹول جشن ہندِ
زائیشن دِتی سجوٗد سیلأنی تہٕ ایم پی شرماہن انجام۔ بنامن ہنٛز تفصیل چھے یِتھ
پاٹھۍ:

بہترین پیش کش:

۱۔ کتھ شیٚچھ (مقبول تھیٹر کرالہ واری) ۷۰۰ روپیہ

۲۔ بیٚلہ پوٗز پرٕز (مہجور کلچرل فورم بڈگام) ۷۰۰ روپیہ

بہترین اداکاری:

۱۔ غلام محمد بٹ (مقبول تھیٹر) ۱۵۰ روپیہ

۲۔ عاشق مخمل (مہجور کلچرل فورم) ۱۵۰ روپیہ

۳۔ محمد ایوب میر (فرینڈس یوتھ کلب) ۱۵۰ روپیہ

کنسولیشن پرایز :

١۔ غلام قادر آہنگر (مقبول تھیٹر) ١٠٠ روپیہ

٢۔ نذیر احمد نذیر (مہجور کلچرل فورم) ١٠٠ روپیہ

٣۔ ماسٹر محمد اشرف ٥٠ روپیہ

بہترین ملبوسات

١۔ عبدالسلام ثانی (مقبول تھیٹر) ١٠٠ روپیہ

بہترین سیٹ ڈیزاین

١۔ غلام قادر بہار (مہجور کلچرل فورم) ٥٠ روپیہ

٢۔ غلام محمد شالا ( " " " ) ٥٠ روپیہ

بہترین میک اپ

١۔ غلام قادر حاجن (فرینڈز یوتھ کلب) ١٠٠ روپیہ

اَمہِ علاوٕ آیہ یمَن اداکارَن تہٕ خصوٗصی سنٛدٕ عطا کرنہٕ :

١۔ غلام محی الدین (ڈرامہ کٔشتوٗ شیٛچھ)

٢۔ عبدالغنی گنایی (وٕلِتھ زِنٛدن کفَن)

٣۔ محی الدین پروین (بیٛبلِہ پوٗز پٔرز)

